# نورنامہ

حضرت شیخ نورالدین ولیؒ سندی شروک



مُرتّبہ

مُحمّد امین کامل

جموّں وکشمیر
اکیڈیمی آف آرٹس کلچر اینڈ لینگویجز
سری نگر

# نور نامہ

بسرِّ جامِ جم انگہ نظر توانی کرد
کہ خاکِ میکدہ کحل البصر توانی کرد
تو کز سرای طبیعت نمیروی بیروں
کجا بکوئے طریقت گذر توانی کرد
جمالِ یار ندارد نقاب و پردہ ولے
غبارِ رہ بنشاں تا نظر توانی کرد

(حافظؒ)

# نورنامہ

حضرت شیخ نور الدین ولیؒ سندی شروک

مُرتّبہ

محمّد امین کامل

جموں و کشمیر
اکیڈیمی آف آرٹس کلچر اینڈ لینگویجز
سری نگر

# نوٗرنامہ

حضرت نوٗرالدّین ولیؒ سنٛدۍ شُروٗک

مرتّبہ

محمّد امین کامل

جموّن وکشمیر
اکیڈمی آف آرٹس، کلچر اینڈ لنگویجز
۱۹۶۵ء

# سرنامہ

حضرت شیخ نورالدین ولیؒ سِندی شُروکھ چھہ گوڈنیچہ لٹہ کاشرِس ادبی توارِیخس اندر کتابی صورژ اندر چھاپ پدان - وُنیک تام رُودی اسی بوزہٕ بوزاہٕ پاٹھی ییہندِ کرتُن نام شُروکھ دپان - امہِ سینتی اوس نہٕ ییہند صحی ادبی مرتبہ مُشخص سپدتھ ہیکان۔ مگر وۄنی ہیکہ ییہنز عظیم شخصیت ییتہِ پور پورہ پاٹھی ووبرتھ۔

اسی یمہِ اندازہٕ کتابہ ییہنز زان لیکھنی اسی ژھان، اسہ سپد نہٕ کینژن مشکلاتن کُن وُچھت ممکُن - اوٚہٕ کنی کری اسہ تنی خیال واریاہ کینہہ موختصر نہٕ پابند - ساہن نظرن منز چھُ حضرت شیخ العالمؒ سُند شان نہٕ تہند روحانی سلسلک مرتبہ سیٹھا بلند - لہٰذا اکا ہنہ کنہ ییہٕ تہندس شانس خلاف آسہ، خاہ سوہ کانسہ نہٕ آسی ژَ وٚنی منز چھنہٕ اسی صحی مانس ہیٛچھ تیار -

یم شُروکھ چھہ حضرت شیخ العالمؒ سنزہ زندگی ہندین واقعن سیتی یا منتشر صورژ اندر مختلف ریشی نامن اندر چھکیمٕتھ - مگر اسہ دِژمین اسلامی نہٕ صوفی خیالن ہندی واریاہ پہلو نظرہ تل آنتھ اکھ خاص ترتیب۔ سون خیال چھُ یہ ترتیب چھہ موزون نہٕ مکمل۔

یہ کتاب تیار کرتھ ہِنس اندر کوٚر اَسہ واریاہو بزرگوآنہ روٚٹ۔ کینژَو ہاوی پنٕنۍ قلمی مسوٗدٕ ییش تہٕ کینژَو دِیُت واریاہ لفظن ہٕنٛد معنی سمجھاوُن۔ اندر فراخ دلی ہُند ثبوٗت۔ اَسی چھہ ہِہن سارِنی ہِنٛدی شُکر گذار۔

اَسہ چھہ اُمید زہ حضرت شیخ العالمؒ سِندی شبدآیۍ تمام مسلمان کھوہ ہنٛدی کرَن یتھ کتابہ سۍ قدر پیٚہ یہ حقدار چھہ تہٕ کیبارہ یہ چھہ ہُنُند اکھ واریاہہ کاکُ تمنا پوٗرہٕ کران۔

سرینگر
۱۹۔ جنوری ۶۵ء

محمد امین کامل

# ترتیب

# ۱۔ ریشی نامہ

حضرت شیخ العالمؒ سندین ہِمَن شروکین ہُنز بُنیاد چھہ رٕٹم
مختلف فارسی نوُرنامہ تہٕ ریشی نامہٕ، ہِم از بُروہہ ترٛیٚہ ہتھ وُرِی
ہیتھٕ وُنیک تام وِزہ وِزہ لیکھنہٕ چھہ آمتیٚ۔ ہِمَن اندر تہٕ چھہ بابا
نصیب الدین غازی تہٕ بابا خلیلٕ سندی نثری ریشی نامہ تہٕ بابا کمال
سُند منظوم ریشی نامہ پرٛأنی آسنہٕ کِنیٚ زیادٕہ معتبر گنزرا ونہٕ یوان۔
ہِم ریشی نامہٕ چھہ حضرت شیخؒ سندی حالات بیان کران کران
منزی منزی ہیٚنٛد کلامہٕ تہٕ مثالہ پأٹھی دِوان۔ ہِم ذات نامہ لیکھنہٕ
وِزِ چھہ اصل توارٛیخی واقات بیش کرنہٕ بدلہٕ حُسن ظنس زیادٕہ پہن
کأم آمٕژ ہینہٕ۔ حضرت شیخؒ سندہِ زِیٚنہ پیٹھہٕ تَہندِس جنّت نصیب
سپدنس تام چھہ تَہنٛز ساری زندگی کشفن تہٕ کراماتن منٛز اکھ عجیب سلسلہ
ہاوٕنہ آمٕژ۔ یتھ اندر بقول عبد الاحد آزاد "اصل واقہٕ چھہ مُشکل پأٹھی
اَتھہ یِوان تہٕ کینہہ واقعہ پرَنہٕ وِزہٕ چھُ داستان امیر حمزٕک ہیو لُطف یِوان"
اولیاہن ہُندی حالات یتھہ پأٹھی لیکھنُک رِواج چھُ پَتھہ کالہٕ

پرینتھ قومس اندر اوسمُت ۔ امیک مقصد مِن خاہ کینہہ تہٕ آسان آسہے ، مگر اَسہِ ووت یہ فایدٕ زٕ حضرت شیخ رح سُند کلام ییس سون بوڈ بارٕ ادبی میراتھ چھُ ، رُود ضایہ گژھنہٕ نشہ محفوظ ۔

کاشرِ زبٲنی ییتھ کالہِ کانہہ رسم خط نصیبہ نہ سپدنہٕ کنی ، یتھہ پاٹھی یہ کلامہٕ ریشی نامن منز درج چھُ سپدمت ، تمی چھُ یہ پرُن سٹھا مشکل بنومُت ۔ دہ پنڈہ منز دکی ، ییم اکہ لٹہِ کمی نام امہ اندرٕ کڈی ، ینمی رُودی پتہٕ ساری للہٕ کھول کران نہٕ مزید اَتھ پیٹھ کام کرنک کوڈ نہٕ کانسہِ زٕ تکلیف برداش ۔

امہِ کاشرِ کلامہٕ ورٲے چھ ریشی نامہ پتہٕ ونان زٕ حضرت شیخ العالمن چھُ سنسکرت تہٕ پنڈتی ( سنسکرت دار کوشُر ) زبٲنی منز نہٕ وار یاہ کلامہٕ وُنمُت ۔ مگر پتہٕ چھنہٕ یہ سورُے کلامہٕ درج کران ، صرف چھ یہ عُذر پیش کرِتھ زٕ یہ چھُنہٕ فکرِ تران ۔ اَمِکی کینہہ نمونے اَتی دِوان ۔ میہ کریا یہ سنسکرت دانن ہُند مدد ہیتھ یہ کلامہٕ پرنچ سٹھا کوشش ، مگر رسم خط نہ آسنہٕ کنی چھُ خالص کوشُر پرُن دِماغس چکر اَنان ، سنسکرت تہٕ پنڈتی لفظ سمجنک تہٕ وُوہ نُھنک چھُنہٕ سوالی پادٕ سپدان ۔ تو تہٕ ہرگاہ یہ سورُے کلامہٕ درج آسہا کرنہٕ آمُت ، ممکن چھُ زٕ نہہ کالی ماکرٕہ ہیے کانہہ محقق اَتھ معنے پاٹھرٕ ۔ وُوہ نی بوزی تو یہ سورُے سرمایہ ضایہ گومُت ۔

ییم ریشی نامہ چھِ حضرت شیخ العالمس پتہٕ واریاہہ کالی

قلمبند سپدی مِتۍ۔ مثلن سارۍوی پرٛؤن چھُہ بابا نصیب غازی سُند۔ اوٚنٛ تام تہٕ چھہ حضرت شیخ العالمسٕ رح زہٕ ہتھ ؤرِی آسان گامتۍ۔ لِہازا آسَن حضرت شیخ سِندی بے شمار لفظا اَتھ دوران مشرٛاآمن بدلے مِتۍ۔ کوٚکن ہنٛز زبان بدلَن سٟتۍ سٟتۍ آسہٕ واریاہن پرانین کاشرٛن تہٕ سنسکرت لفظن ہنٛز جاے فارسی لفظو رٹمٕژ۔ لفظہِ بدلی سٟتۍ آسہٕ شارَن تہٕ واریاہ کینٛہہ سٟکل بدلے مٕژ۔ مگر تہٕ سَپدِتھ تہٕ یہ کینٛژھا اکہٕ لٹہٕ قلمبند سپُد، سُہ گو بروٚنٛٹھ کُن مزید بدلنہٕ نِشہ محفوظ تہٕ دوٚہنی چھُہ یہ ہَتہٕ بدین ؤرِین ہُند معتبر کلام۔

## ۲۔ کلامِ شیخ العالم رح

رٟشی نامن ہندین مصنّفن ہُند مُدا مقصد چھُنہٕ حضرت شیخ رح سُند کلام محفوظ تہٕ پیش کرُن اوسمُت۔ یِمن چھہ حضرتِ شیخ رح تہٕ دوٚیمین کاشرٛن رٟشٕین ہنٛز زندگی نظرِ تل رٛوزِ مِژ تہٕ اتھ اندر ہر گاہ کُنہ جایہ کانٛہہ شرُک آو تہٕ آو، نَتہٕ چھہ صرف کشف تہٕ کراماتۍ اوٚنٛ بیان سپدی مِتۍ۔ یہوے وجہ چھہ زِ یہُند سورُے کلامہٕ چھُنہٕ کُنہ اکِس رٟشی نامس اندر پورٕ پور درج۔

کلامہٕ مقصد تہٕ آسنہٕ کنی چھُہ یہ بے غرض پاٹھی لیکھنہٕ تہٕ آمُت۔ کانٛسہٕ چھہ اکہٕ شرُک زہٕ یا ترٛیہ تہٕ کانٛسہٕ ژوہ نوے مصرہ دِتمتۍ تہٕ کانٛسہٕ چھُہ یہوے شرُک اکہٕ پۄدٕ نظمہ ہُند اکھ بند ہیو دِمُت۔

ییتھے پاٹھی چھہ اکس ریشی نامس کُنہٕ شروٗکھ اکھ شکل نہٕ بیس ریشی نامس منز بیاکھ صورت موجوٗد ۔ میہ تھاوہ بیہ سارنیٚ صوٗرتن برونٹھہٕ کنہٕ نہٕ یوسہٕ صحی تہٕ جان باسے یم، سوٚ کرٕم تیتھ کتابہ اندر درج۔

گیٛنزن ریشی نامن منز چھہ تیتھ کلامہٕ نہٕ حضرت شیخس رحہ کُن منسوٗب سپدمُت یُس پیٹھے بانہٕ دوٚہ یرِ چھہ لبنہٕ یوان ۔ میٚہ کوٚر نہٕ یہ نقل، تکیازِ یہ اوسُس نہٕ سہ غلطی کرنی یُس ہان یوسہٕ سرجالح گریرسن للہ واکیانی جمع کرنہٕ ورنہٕ کرٕتھ چھُ گومُت، بیمیکُ تذکرہ برونٹھ کنہٕ سپدہ۔

ییتھے پاٹھی چھُ حضرت شیخس رحہ کُن صدرہ ماجہ، زِے دۄدہ، سید علی ہمدانی رحہ تہٕ دۄیمن انسانن سٕتنی منظوم کتھ باتھ سوال جواب کس رنگس اندر کرُن نہٕ گیٛنزن ریشی نامن منز منسوب سپدمُت ۔ میٚہ دِیُت امیکُ صرف نموٗنہٕ، تکیازِ یہ چھُس آزاد مرحومس سٕتنی مکمّل اتفاق کران زِ یہ چھہ کمی تام ُکو کہٕ شاعرن حضرت شیخ رحہ سنز زندگی پنٕنی پاٹھی بیان کرمٕژ ۔ اَدٕہ یہ یوزُن تہٕ وۄنُن ۔ البتہ استاد شیخ سندِ ناوُک اکھ شار چھُ میٚہ نمہبدہ پاٹھی اکس جایہ ورتوٚومُت ۔ مگر یہ زانٕنتھ نہٕ زِ شیخ العالمس رحہ چھُ یہ کانٛسہٕ اُستادن وۄنمُت ۔

حضرت شیخہ رحہ سندِس کلامس ہیکن ظاہری فارم کہ لِحاظہٕ ترٛینہ باگ کٕسپدتھ ۔ اکھ گوشروٗک، دۄیم گو وٕژُن تہٕ ترٛیم گو بآتہٕ بیندی

(الف) شروٗک ۔ یہ لفظ چھُ سنسکرت شبد "شلوک" منزہ

درامُت - ژۄن پدن یا مِصرَن ہند چھُہ اکھ شرۄک آسان - اَتھ
اندر چھُہ اکھ خیال مکمّل پأٹھۍ وَننہٕ یِوان - کُنہ ڈنگہٕ تہٕ ترتیبہٕ تہٕ دۄیمہ
تہٕ ژۄرمہِ مِصرِک قافیہِ چھہ پانہٕ وأنی رلان - یہ صنف چھہ شیٖشۍ کنٛھ
سۭترِہ مہانے پرٛکاش، بھٹ اونار سۭترِہ باما سُر کتھا یہ تہٕ للہ
واکیانی منٛز تہٕ موجوٗد - گویا یہ چھہ مذہبی تہٕ فلسفی خیال پیش کرنہٕ
کھأترِہ اَمِہ زمانچ مقبول صنف آسان - البتہ حضرت شیخ سُندِس
کلامس منٛز چھہ واریاہ شرۄک ژۄرو کھوتہٕ زیادہ مِصرَن ہُندی تہٕ
موجوٗد - یہ چھہ ہاوان زِ حضرت شیخ رحہ تام چھہ اَتھ صنفس اندر تبدیلی
تہٕ سپٕز مٕژر -

(بے) **وَزُن** - اَتھ صِنفہ چھُہ ژۄن مِصرَن ہُند اکھ
بند آسان - ژۄرِم مِصرہ چھہ "وکھنے مِصرِہ" یمیُک تکرار پرٛتھ
ترٛیہ مِصرہ پتہٕ چھ سپدان - شیخ العالم سندی مُناجات، گونگلُ نامہ
ہی مسلسل شرۄک تہٕ شامہ بی بی ہند شیخ العالمس پیٹھ مرثی چھہ اَمِکی
کُنہ ڈنگی موٗنہٕ - ژُراٹھمہِ صدی اندر جبہ خوننہٕ ہندی لولہ بأتھ تہٕ چھہ
اَکھی صنفہ کائم ہیوان -

(جیم) **صدوسی مسٔلہ** - حضرت شیخ العالمس کُن
چھہ یم اکھ ہنتھ تہٕ ترٛہ منظوم مسٔلہ تہٕ منسوب سپدان، یمن اندر وضو
نماز، غسل بیترِہ بنیأدی اسلامی ارکان منٛز وَشنے چھہ سپز مِژر
یم چھہ بأتہٕ بندی پأٹھۍ لیکھنہٕ آمتی - یہنز زبان تہٕ طرز بیان چھہ

بے شک سبٹھا پرون باسان تہٕ کانہہ وجہ چھنہٕ زٕ یم بن نہٕ شیخ العالمؒ سُند کلامہٕ مانتہٕ ۔ میٚہ چھنہٕ یم کتابہٕ ہنٛدی جز بناوی متی، تکیازٕ یم أسی میانہٕ مقصدٕ نیبر۔ البتہ آخرس پیٹھ چھم اکھ کینٛہہ شار نہٕ نمونہ پأٹھی نقل کٔری متی۔ یم مسٔلہ منظوم کرنہٕ موجب چھہ حضرت شیخ العالمؒ سنٛدی کالہٕ پیٹھہٕ "کاشرٕ واعظ" نہٕ ناو پیومُت۔

نفس مضمون کہٕ لحاظہٕ چھہ یم شعرٕ کی اسلامی، منصوفانہٕ تہٕ حکیمانہٕ ۔ اسلامی شعرٕ کین اندر چھہ حضرت محمدؐ، صحابہٕ کرامؓ، نماز، روزٕ تہٕ باقی اسلامی اُصولن منٛز تاریف نہٕ تشرح۔ منصوفانہٕ کلامس منٛز چھہ بے ثباتی دُنیا، زاہدانہٕ تہٕ تزکیہ نفسٕکی جذبات پیش سپدی متی۔ نہٕ حکیمانہٕ شعرٕ کین منٛز چھہ زندگی ہنٛدی عام تجربہٕ حکیمانہٕ اندازس منٛز بیان آمتی کرنہٕ ۔ نفس مضمون کہٕ لحاظے چھہ یتھ کتابہٕ اندرین شعرٕ کین ترتیب نہٕ دنہٕ آمٕژ۔

شیخ العالمؒ سنٛدس اکھ کلامس چھہ ورٕ ورٕ فارسی پأٹھی منظوم کرنچہٕ تہٕ کوشش سپزٕ مٕژ۔ یمن منٛز عبدالغفار فارغ (والد خواجہ غلام محمد صادق وزیر اعظم کشمیر) سُند ترجمہ سبٹھا روان نہٕ اصلس نزدیک چھُہ ۔ امیُک کینٛہہ حصہ رُود میٚہ تہٕ پیش نظر۔

## ۳۔ للہٕ واکھ نہٕ شیخہٕ شعرٕ کی

ریشی نامن پھیر دنہٕ ورٕ آو میٚہ یہ ونٛتھ کُن اکھ اہم مسٔلہ۔

یِمَن منز چھہٕ واریاہ نٔم شٕرو کٕ نہٕ موجُود، یِم جارج گریرسنَن ۱۹۲۰ء
اندر للہ واکیانی کتابہ اندر لل دیدٕہ کُن منسوب کٔرِتھ چھاپ چھہٕ
کرٕی متۍ۔ تہٕ وونۍ چھہٕ بار بار دُہراونہٕ یِوان لل دیدہ ہندی مانِنہٕ
یِوان۔ یہ چھہٕ اکھ نٔو صوُرتِ حال یُتھ کُن نہٕ اَسہٕ وُنیک تام نظر آس
پییمٕژ۔

جارج گریرسن تہٕ تٔمسُند مددگار مکُند رام شاستری چھہٕ گوڈٕ
للہ واکھن ہُند کانٛہہ معتبر قلمی نسخہ ژھاران، یَلہٕ نہٕ یِمَو کانٛہہ نسخہ
بدس چھک یِوان، پَتہٕ چھُہ مکُند رام وَرمِلہ کس گُش گامس منز کس تام
دھرم داس درویشس نِشہٕ، یمس کینٛہہ للہ واکھ زبأنی یاد چھہٕ آسان،
تِم واکھ حاصل کران، یِم للہ واکیانی منز درج چھہٕ۔

گریرسنس سیٹھا برونٛہہ چھہٕ پنڈت بھاسکر راز دان شِتھن
للہ واکھن سنسکرتس اندر ترجمہ آسان کوٚرمت۔ یہ چھُہ سأنس ریسرچ
محکمس اندر شایع شدہ صورتس اندر موجود۔ گریرسنَن پَتہٕ چھُہ
رچارڈ ٹیمپل وأرڈ آف للا ناوٕ للہ واکھن ہُند ترجمہ کران تہٕ سٕتی
للہ دیدٕہ ہندِس فلسفس پیٹھ اکھ مفصل بحث کران۔ ہمی کال گوپنڈت
آنند کول بامزی تہٕ پنڈت سروانند چراغی صأبن کٔرۍ " نٔوۍ للہ واکھ
درٕی یاف کٔرِتھ"، انگریزی ترجمہ سان شایع۔ مگر یِمَو چھُہ نہٕ یِمَن وٕنمُت
زہ اَمِہ درٕی یا فتکُس آگُر قلمی نُسخہ چھہٕ نہٕ یِمَو کَتہٕ کرٕ تِم بدس۔

گریرسن چھُہ دھرم داس سندِ یِمَن للہ واکھن مستند مانان تہٕ

دلیل چھُ یہ دِوان زِ تحریری نُسخو کھوٗتہٕ چھِ زبانٛی روایت زیادٕ معتبر آسان ۔ تِکیازِ یہ چھِ سینہٕ بہ سینہٕ اکہِ پیرہ بییِس پیرِ تام واتان ۔ مگر ریشی نامن ہُند مطالعہ چھُنہٕ گریرسن سنز اتھ رایہِ صحیح تھاوان ۔

دراصل چھُنہٕ گریرسنس ریشی نامن پیٹھ نظر آمٕژ ۔ نتہٕ آسہے نمہٕ للہ دیدٕ ہندی واکھ پِکُا وتہٕ وزہ اورکُن ضرور اشارہ کۄرمُت ۔ تِتھِس محققس پھُٹرٕ ہے نہٕ ہرگز تہٕ ۔ تس چھُنہٕ خبر آسمٕژ زِ للہ واکھن سٕتی چھِ شیخہٕ شرُوکن وجوُد تھاوان ۔ مییہٕ چھُ باسان مکندرام شٲستری چھُنہٕ تس اورکُن توجّہ پھیرمُت ۔

تحریری نُسخن ہنٛزِ غارموجودگی منٛز چھِ زبانٛی روایت بلاشک معتبر آسان ، مگر محض زبانٛی روایژ ہنٛز بنیاد پیٹھ ہیکِہ نہٕ کانٛہہ تحریر نظرانداز سپدِتھ ۔ تِکیازِ تحریر چھُ تواریخ آسان ، خاص تُتھ اندر کوتاہ نہٕ کُنٛھ آسی تن ۔ ہرگاہ ریشی نامہِ تحریری روایژ نہٕ مانوکھ ، تو نہٕ چھِ ہنتہٕ بدین وۆریین منٛز یہ تحریری روایت ، پانژھاہن وری ین ہنٛزِ زبانٛی روایژ کھوٗتہٕ زیادٕ قابلِ اعتبار ۔ تِکیازِ زبانٛی روایژ چھُ تبدیلی ہُند دروازٕ ہر ساعتہٕ کھُلہ روزان ۔ مگر تحریری روایژ چھُ یہ بند سپدان ۔

یہ کرٕ نہٕ اتھ انکار زِ ریشی نامہ چھِ شیخ العالمسٕ پتہٕ دہ یہ ہنتہٕ وہری قلمبند سپدِتھ ہیوان نہٕ امہِ کنہِ ہُند چھُ امکان زِ للہ دیدٕ ہندی نہٕ آسن کینٛہہ واکھ شیخ العالمہ سندِس کلامس سٕتی رَل گامتی ۔

مگر یوٚت نام نہٕ أسی بہٕ ثابت کرو نہٕ تِم کم واکھ چھہ، نوٚت نام یہ
کینژھا رٟشی نامن منٛز درج چھہ، سُہ سپدہ شیخ العالمہ سندٕ ے
تسلیم - یہ چھُہ اکھ منطقی نتیجہ -

بیاکھ کتھ چھہ - ہرگاہ کانٛہہ شروک رٟشی نامن اندر قافیہ
بند صوٗرژ اندر چھُہ، نہٕ للہ واکیانٛ اندر چھس قافیہ ڈلانٛی۔ سُہ چھُہ
بانٛے اَمہ کتھہ ہُند ثبوت زِ سُہ چھُہ شیخ العالمہ سُند - یتہٕ چھُس
اورُک یور گوٗمت نہٕ لل دیدہٕ کُن منسوب سپدمت - مثلن لل دیدہٕ
کُن چھہ یم ترٛیہ واکھ منسوب سپدی متی -

کُنزن کوٚرتم ہُنی آکار — کُنزے یوزکھ، کُن نو وا ٹکھ
سُے بے رنگ گوم کرتھ رنگ — کُنےٚ آسنہ دون ہُند جنگ گوم

---

پرٛزلیوم دیپھ نہٕ ننیوم ذات — دما دَم کوٚرمس دمن ہالے
گٹہٕ منٛز روٚٹم تہٕ کرٛمس تھف — أندرِم پرکاش نیبر ژھوٚٹم

---

دمی ڈیٹھم دہ نہٕ نار — دمی ڈیٹھم گنٛگ درِ وٚنی
دمی ڈیٹھم کرا جی ماس — دمی ڈیٹھم پانڈون ہنٛز ماجی

---

اَتھ برعکس چھہ یم رٟشی نامن منٛز صحی قافیہ بند صوٗرژ اندر دِنہٕ (وُچھو
یمہٕ کتابہٕ ہُندی نمبر ۱-۲۰۳-۲۲۱، لآزی من چھہ رٟشی نامن ہنٛز

صُورت صحی ۔ شاپرح غأر صحی صُورت ہیکہٕ نہٕ صحی صورژ بیٹھِ ترجیع
لبِتھ ۔ ییٚتھ چھُنہٕ لل دیدِ ہُندِ وقتہٕ بینک ورس (بے قافیہٕ شاعری)
اسمِژ ۔ یہ چھہ سائنس ادبس اندر ۱۹۴۷ء پتہٕ یوان ۔ تیٚلہٕ آس واکھ
یوٚسہٕ قافیہ بند رُباعی آس آسان ۔ لہٰذا چھہ تمہٕ بینک ورس
واکھہٕ نہٕ یِم للہ کُن منسوب چھہ سپدان یا نہٕ مشکوک، نتہٕ چھک شکل
صورت بدلیمژ ۔

ییٚتھے پأٹھی ہرگاہ کانٛہہ واکھ قافیہ بند صُورژ اندر للہ واکیانی
تہٕ ریشی نامن منٛز مشترکہ طور موجود چھہ، سو کھٕنز ہیکون مانٛنتھ ۔ اَتھ
پٕتھ بیہ تازہ زبانی روایت تہٕ پرانی تحریری روایژن اصول حاوی
سپدان ۔ اَمہٕ علاوہ ہرگاہ اَمی واکھ ہندی بیہ کینٛہہ شار ریشی نامن
اندر محفوظ چھہ تہٕ للہ واکیانی منٛز چھنہٕ، لازمی من پٕلیہ سو شیخ العالمؒ
سٕنزی تسلیم کرنی ۔ اوڈ حصّہ ہیکہٕ نہٕ پُورہ شرٕوکہ نشہٕ الگ سپدتھ ۔
تژھہ چھہ وارِیاہ مثالہٕ مِن ویٚتھہ ناوی ضرورت چھنہٕ ۔ تکیازہ للہ
واکیانی ہندین واکھن تہٕ بیٚتھہ کتابہ اندر درج شیخہٕ شرکین ہیکہ
ہر کانٛہہ پانہٕ مقابلہ کٔرتھ تہٕ صحی صورت لبِتھ ۔

عجیب کتھ چھہ یہ زہٕ ہرگاہ للہ دیدِ کُن شیخ العالمؒ سٕنٛدی
کینٛہہ شرٕوکی منسوب چھہ سپدی ہتی ۔ تتھ چھُ توٚتہٕ کانٛہہ ہشر تکیازہ
دوشوے چھہ قریب قریب ہم عصر آسی متی ۔ دوشونی ہنٛز صنفِ سخن
چھہ کُنی تہٕ دوشوے چھہ گیانی ۔ مگر محمود گامی سٕنٛدہ زمانکی کینٛہہ شار تہٕ

ژھ للہ واکھ بنأوِنھ پیش آمتی کرٕنہٕ نموانذرٕ للہ دیدٕ ہند فلسفہ کڈنہٕ آمُت۔ مثٲلہٕ یِم شارٕ چھُ.

غافلہ ہکہ قدم تُل تہٕ
وُنہٕ چھےٚ سُل نہٕ ژھانڈُن یار

پرٕ کرِ پیدا پرواز تُل تہٕ
وُنہٕ چھےٚ سُل تہٕ ژھانڈُن یار

---

دَمَن لَبَنہٕ دِتو دَم
ژھتھے پیٹھہٕ دَمَن کھاز

شتر سِسوٚن گرٕھی حاصل نہٕ
وُنہٕ چھےٚ سُل نہٕ ژھانڈُن یار

---

یِم چھہٕ للہ واکیانی منز ۹۹ تہٕ ۱۰۰ نمبرچ واکھ۔ حالانکہٕ یِم چھہٕ مشہور غزل گو شاعر عزیز خان ہِندِ اکِہ غزلکی گوڈنکی زٕ بند۔ عزیز خان گوشہ شاعر بی ولی اللہ متو، سندٕ مثنوی ہی مالہ کیہنہٕ غزل چھہٕ لیکھی متی۔ اہندِ اَمہ غزلکی بیہٕ کیہنہٕ بند بُوزِو۔

پکن دُور چھےٚ منزل تہٕ
پکان گرٕ ھنہٕ کاشہٕ مہ پٔرار

پرارُن بوڈ چھےٚ مشکل تہٕ
وُنہٕ چھےٚ سُل نہٕ ژھانڈُن یار

حسدٕ نشہٕ چھلتن دِل تہٕ
جسد پاک کرٕ اے یار

سپدکھ اَدٕ تہٕ واصل تہٕ
وُنہٕ چھےٚ سُل تہٕ ژھانڈُن یار

خُدی ترٲوتٕھ بلکل تہٕ
خُدیہٕ نشہٕ گرٕ ھ بیزار

خار کور خُدیہٕ عزازل تہٕ
وُنہٕ چھےٚ سُل تہٕ ژھانڈُن یار

عزیز خانہٕ ترٲو پیادل تہٕ
لذیذ ہاوے نے دیدار

تراوکھ نے نہ وُچھک جاہل تہٕ         وُنہٕ چھے سُل نہ ژھانڈُن یار

(بہار گلشن کشمیر حصہ سوم، ۱۹۲۳ء)

للہ دیدِ ہِنٛزِ کُن اورکی بورکی شار منسوب کرنہٕ کے نتیجہ چھ یِہ گریرسن نہٕ رچارڈ ٹمپل یہ کینہہ ژھاتھ ہندِس فلسفس متعلق نتیجہ چھُہ اخذ کڈان تنھٕ چھَہ اَتھ لانزٕ ی مَن ہِنٛز غلطی لگان۔ مثلن ٹمپل چھُہ دنان ــــــ "اگرچہ لل اَس ہنٛز بأنی تہٕ شیوہ مت پیروکار۔ نمی سُندرُ جہاں اوس صاف طور پنٛنین عقیدن ہُنٛدُے آیینہٕ دار، مگر تتھ اوس اکھ اندر صوفی بَن ہنٛزِ تاثیرِ ہُند تہٕ ستھا دخل..." ہرگاہ للہ کُن رَلہِ ملہِ شارمنسوب سپدِ ہَن نہٕ، تمن عقیدن اندر ییہ ہے نہٕ صوفی خیالن ہنٛز ژھاے گرایے درِیٹھ۔

یہ گرِ ژھہ نہٕ زانُن زہ یہ چھُس لل دیدِ ہُند مرتبہ کم ہیوُ کرنچ کوشش کران۔ یہ چھُہ محض اکھ علمی تحقیق۔ لل دیدِ ہُند درجہ چھُہ تمِہ پایک یُوت تام وانتنک پایہٕ حضرت شیخ العالمؒ تمّا چھُہ کران۔

تس پدمان پورچہ للے         تَمِہ گلے امرت چیُوٕ
سوہ ساٰنی اَیسِ اوتار لولے         تنھٕی مِیٛہ ورِ دِتو دِوہ

شیخ العالمؒ چھنہٕ تس صرف یوگیانی (ساٰنی) مانان بلکہ پیغمبر (اوتار) سُند رُوپ تہٕ قرار دِوان۔ میون کیا مجال چھُہ۔ بلکہ میون ذاتی عقیدہ چھُہ زہ شیخ العالمؒ یُس ریشی سلسلہ قایم چھُہ کران، تنھٕ پیٹھ چھُہ لل دیدِ ہِندِ ین خیالن ہُند سرون اثر آسان۔

# ٤- سادات تہٕ ریشی سلسلہٕ

امیر کبیر سید علی ہمدانی چھِہ کشیرِ منز ژوداہیمہ صدی اندر
یوان۔ تگر اسلام اوس یمن برونہہ پور دوہمت تہٕ یہنہٕ س وقتس تام
اُس نہٕ صرف کشیرِ ہنز بیار آبادی مسلمان سپنز میژ بلکہ اسلامی حکومت
تہٕ اُس پاژراہن ؤری ین ہنز قائیم گامژ۔
تواریخ چھہ ونان زہ اٹھمہٕ صدی اندر چھہ گوڈنچہ لٹہٕ اسلام
کشیرِ منز قدم ترٛاوان۔ ہندوستانس پیٹھ چھہ محمد بن قاسم سنز
بلغار ٧١١-١٢ء اندر سپدان تہٕ سِندھ (پاکستان) چھہ عربن تہٕ اسلامس
سِتی دُچار گژھان۔ اگرچہ اَمہ برونہہ تہٕ چھہ اَتھ علاقس عربن سِتی
سمندر ونہٕ تجارتی تعلق آسان تہٕ اسلامک پیٹھ پتہٕ لوگمت آسان۔
بیاکھ اوس کشیرِ ہند حکمران للتادتیہ (٧٣٦-٦٩٩ء) منز
ایشیا، افغانستان تہٕ مغربی ہندستانس اندر ینہٕ فتوحات کران
تہٕ آزی من آسیہے تس عرب فوجن سیتی تہٕ واسطہٕ پیومت۔ عرب
اُسی چینس پیٹھ تہٕ بلغار کران۔ اَتہٕ کنہٕ چھہ چندرپیڈا (٦٨٦-٦٩٤)
تہٕ للتادتیہ چینہٕ کس حکمرانس اَتھ مشترکہ عرب بلغارس تہٕ خطرس خلاف
مدد تہٕ منگان، لیکن تہٕ ممکن چھہ سپدان۔ مگر یہ چھہ ہاوان زہ اَتھ
زمانس منز چھہ اسلامک پرتو کشیرِ پیٹھ تہٕ پیومت آسان۔ چنانچہ
راجہ داہر چھہ محمد بن قاسم سِندہ اَتھہٕ شکست کھیوان تہٕ تسندہ نیچو

جیٚنیا چھُ کشیٖرِ اندر پناہ نوان ۔ اُمِس سِنٛنز چھُ (یہ چھُ عجیب کتھ) اکھ شامی مسلمان حمیم بن سام آسان ۔ یہ چھُ کشیٖرِ منٛز موقُفایہ بدہ تُلنہٕ پنٛنین یارن دوستن اسلامُک پرٛوپگنڈا کران تہٕ وارہ وارہ مُسلمانن ہنٛز اکھ جماتھ پاداہ کرنس اندر کامیاب سپدان ۔ ہندی حُکمران چھِنہٕ کینژھا پننہ رواداری کِنہٕ تہٕ کینژھا اکی دُوررس نتیجہ نہٕ سمجنہٕ کِنی امِس ٹھاک کران بلکہ چھِس سٹھا بڑن کران ۔ یہ چھُ اکھ مسجد بناوان یتھ اندر مُسلمان نماز چھِہ پران تہٕ سِنٛنز چھُ کیٛتھہ اسلامی رسم تہٕ رواج تہٕ پایہ ناوان ۔ گویا حمیم چھُ اسلامُک یتہِ بانی تہٕ اُمی سٕنٛز مسجد چھِہ یتہِ اسلامچ جھنڈی لہراونس برابر آسان ۔

محمد بن قاسمس پتہٕ چھِہ دہمہِ صدی ہندِس گوڈنکس دہس منٛز ہندستانس پیٹھ محمود غزنوی سِندی حملہ شروع گژھان ۔ البیرونی چھُ لیکھان زِ وارِیاہ پنڈت چھِہ شمالی ہندوستان پیٹھ کشیٖرِ ژلان تہٕ یہندِہ ذریعہ چھِہ بنیادی اسلامی عقیدن ہنٛز بیہ ہیٚنا یتیٚن کین لوکن واقفیت سپدان ۔ پیٹھہ چھُ محمود غزنوی ۱۰۱۴ء اندر کشیٖرِ پیٹھ تُوس مئدان طرفہ حملہ کران تہٕ لوہر کوٹ قبضس اندر انان ، مگر پتہٕ چھُ واپس گژھان ۔ ۱۰۲۱ء اندر چھُ دُبارہ حملہ کران مگر بیہ چھُ مُوسمچہ خرابی کِنی ناکام گژھان ۔ یِمو حملو سِنٛنز تہٕ چھُ لازمی مَن یتہِ اسلامُک پرٛوپگنڈا سپدان ۔ ہپاری چھُ کشیٖرِ شمال مغرب کِنی دردعلاقس منٛز اسلام واتان تہٕ تیزی سان ترقّی کران ۔ گویا کشیٖرِ چھُ بیرونی طور

دوہ بوٚ طرفو اسلام گیرہ نژاوان تہٕ اندرٕونی طور مسلمانن ہٕنٛز اکھ لوکٕٹ
جماعت ہیٚادٕہ گرٛھنٛ زمین ہموار بنٲنی ہیوان ۔

اکہٕ صدی اندر چھہ کٔشیرہ ہٕندِس حکمران راجہ ہرش (۱۰۳۶-۳۹)
سٕندِس فوجن منٛز تہٕ ترک مسلمان کمانڈر ہُنٛد ژامنتی آسان ۔ امیُک حال
چھُ "راج ترنگنی" اندر کلہن بڈٕ دردناک ہِجس اندر لیکھان ۔ کلہن سُنٛد
موٗل کامپک چھہ راجہ ہرش سٕندِن قلعن ہٕنٛد کمانڈر آسان، اَدٕ کِنہٕ چھُہ
کلہن سُنٛد یہ بیان زیادٕ معتبر ۔ کلہن چھُہ شُرار تہٕ سان راجہ ہرشس مُسلمان
(تُرسُکا) تہٕ ناوِ دِوان: یکبارٕ تٔمۍ لوٗٹۍ ہِنٛدٕن ہٕنٛدۍ مندر تہٕ تِم کرِن
مِسمار، یمیُک وجہ یمے مسلمان کمانڈر چھہ مانہٕ یِوان ۔ چنانچہ پی این کول
بامزئی تہٕ چھہ ہٕنٛزس انگریزی تواریخس اندر لیکھان "ہرش تہٕ چھُہ اسلامی
تعلیمہ سِنٛزِ متاثر لبنہٕ یِوان ۔ سُہ اوس پتہٕ تلہٕ پرستی خلاف تہٕ اَوے
کرِن مندر مسمار تہٕ تہُنٛز دولت لوٗٹاوِن ۔ کلہن چھُہ اَوے اَمِس مُسلمان ناو
دِوان" (صفحہ ۲۸۶) گویا لوکٕٹس پیمانس پیٹھہ سہی، مسلمان چھہ کٔشیرہ
اندر سیٹھا دوٗرٕ رس تہٕ اہم اثر ترٛاوٕ نہٕ لگان ۔

باہِمہ (۱۲) صدی ہٕندِس شروٗعس اندر چھُہ اسلام کِنہٕ سلح سامانہٕ
وراۓ کٔشیرِ ہِنٛدٕن پریشان حال تہٕ دُستہ ژاژن متاثر کران تہٕ تِم
چھہ مسلمان بنان ۔ یہ مذہب تبدیلی چھہ وسیع پیمانس پیٹھہ سیدان ۔
مسلمانن ہُنٛد اثر تہٕ رسُوخ چھُہ بوٗت بٔڑیومُت آسان زٕ یلہٕ لکھشمن دیو
۱۲۷۳ء اندر تخت چھُہ بہان، تِس چھُہ اکھ مسلمان تُرک کھیملا ۱۲۸۶ء اندر

باضابطہٕ شکس دِوان تہٕ قتل کران۔ چنانچہ مارکو پولو مشہور سیاح
ہِنہٕ چھُہ ۱۲۷۷ء اندر کشیرہ اندر مُسلمان آبادی آسنُک پے ہیتہ دِوان۔ بیاکھ
چھہ محمّد غوری (۱۱۷۳ - ۱۲۰۶ء) سندہ ذریعہ شمالی ہندستانس اندر اسلامی
حکومت قائم سپرمتہٕ آسان، یمہ کنہٕ لازمی من مُسلمان صوفی بزرگ کشیرِ اندر
تامتی آسہن۔ دویمہ طرفہ آسہن منز ایشیا تہٕ دردعلاقو پیٹھہ تہٕ مسلمان
مُبلّغ آمتی تہٕ بیٹھہٕ یا ٹھی آسہے سوٗہ صوٗرت پادٕہ سپنز متہٕ، ییچ ذکر
سُہہ دیو (۲۰ - ۱۳۰۱ء) سندس وقتس منز میلان چھہ تہٕ دد کشیرِ
ہنزہ آبادی ہندواریاہ حِصہ اوس اسلامس اندر داخل گومت"۔
اُمی سی راجہ سندِس وقتس منز چھُہ تتھ شہزادہ رینچن تہٕ سوات
پیٹھہ اکھ مسلمان شاہ میر یوروا تان تہ یہ چھُہ مین پناہ دِوان۔
یم چھہ یتہٕ کرتا درتا بنان۔
سُہہ دیوس پتہٕ چھُہ رینچن (۲۳ - ۱۳۲۰ء) تخت بہان۔
یہ چھُہ لاما مذہبس پیٹھہ پکان آسان۔ مگر امس چھہ گوڈٕ رائی ہندی
مذہبس کُن اَنُن یژھان۔ لیکن مُسلمان آبادی، شاہ میر سُند اثر رسوخ
تہٕ حضرت بُلبُل شاہ سُند روحانی لحاظ چھُہ امس اسلام قبول کرہ ناوان تہٕ
پتہ یاٹھی چھُہ یہ پتُک گوڈنیُک مسلمان بادشاہ بنان۔
اسلامی حکومت آسی کشیرِ منز پانژھاوٕری قائیم گامتی تہٕ
سلطان شہاب الدین سندس وقتس منز ۱۳۷۲ء اندر چھہ سید علی
ہمدانی یوروا تان۔ اوت تام کوتاہ آسہے بیہ ییٚن یتہٕ اسلام پھیلیومت

نمیکؠ اندازٕ کرُن چھُ سہل، تکیازٕ ووٚنی اوس اسلام کرِن تبلیغس سیاسی طاقت نہٕ ڈکھ کرٕ تھ۔ امیر کبیرنٕ چھ ۷۰۰ سادات نٕہ سیتی آسان۔ یِم چھ امیر تیمورٕ سندہ داہشہ منتشر الشیا نہٕ فارس پیٹھٕ ہیران تہٕ کشیرٕ واتان۔ امیر تیمور چھُ سادانن ہندِس اکس حمٲز سخت خلاف آسان۔ ساداتن اوس تتہٕ جاگیردار آسنہٕ کنہِ ملکی معاملن منز تہٕ واریاہ کیمھ دخل یہُند یہٕ دخل ختم کرنہٕ خاطرٕ اوس امیر تیمورن بے واہ قتل کران۔ سید علی ہمدانی رح چھُ تنکِین تمام رشتہٕ دارن سان کشیرٕ منز وَتھ ہیوان یہند بنیتھ تہٕ خلیفہ سید محمد نوربخش چھ بلتستانس اندر اسلام پھٲلاوان۔ چنانچہ سنغرک راجہ غازی تھم تہٕ کھپلکُ راجہ چھ اُہندی اَتھہ مُسلمان بنان۔ یم چھ اثنا عشری شیعہ مذہبکی پیروٗ آسان (گلگت اور شنا زبان ص ۵۵ ڈاکٹر محمد شجاع ناموس - اردو اکادمی بہاولپور پاکستان)

سادات چھ کشیرِ ہندین مختلف علاقن پھٲلان تہٕ اسلامکُ تبلیغ کرُن ہیوان۔ مگر یہندِس تہٕ ریشن ہندِس طرز تبلیغس چھ واریاہ فرق آسان۔ صُوفی تہٕ ریشہ آسی پننہِ عملی زندگی سیتی لوکن متاثر کران تہٕ اخلاقی، تزکیۂ نفس تہٕ بنیادی اسلامی عقیدن پیٹھی یوٗت زور دوان۔ چنانچہ اَکی ثبوت چھ تواریخس اندر منتشر پاٹھی موجود۔ سید علی ہمدانی چھہِ مسلمانن اسلامی ملکن ہُند لباس تہٕ ہندی رسم ترٲوِتھ ایرانی اسلامی رسم اختیار کرِنہٕ وان۔ یِم چھہِ سلطانس حکومت چلاونک تہٕ اکھ آئین دوان، ینھہ پیٹھہ سٕہ ممکن حدس تام عمل تہٕ چھُ کران۔ گویا سادانن ہُنزٕ ذریعہ

چھُ علمی تہٕ سیاسی رنگس اندر اسلامُک تبلیغ سپدان ۔ چونکہ علمی تبلیغُک نتیجہ چھُ بحث و مباحثہ نیران ۔ اَوٕ کِنہِ چھُ منٛز گری تہِ لٲرنی مَن سپدان ۔ چنانچہ کشیر تہِ چھینہِ اَمہِ لِٹہِ خٲلی روزان ۔ اَتھ وقتس اندر چھُ حضرت شیخ العالمؒ ریشی سلسلہ قٲیِم کران ۔

ریشی چھُ سنسکرت زبٲنی ہٕندہِ لفظہٕ "راکھی" منٛزٕ درامُت ۔ اَتھ چھینہِ فارسی "دل ریش" لفظس سٕتی کانٛہہ تہِ واٹھ ۔ ریشی چھِ تِمن لُکَن وَنان یِم پنٕنہِ ریاضتہ سٕتی خُدایہ سُند تجربہ تہٕ گیان چھِ حاصِل کران ۔ یِم چھِ عام طور نبہٕرٕ وٲرٕ روزان یا گرٕ بار تراوان ۔ مازٕ چھِنہٕ کھیوان ، صرف چھِ ہٕندٕ تہٕ وٕہِل ہاکس ہِشہِ سبزی پیٹھ گذارہ کران ۔ تنہا نشینی تہٕ نفس کُشی ہٕنٛز وتھ رٹان ۔ اکثر چھِ شاعر تہِ آسان ۔ چنانچہ ویدن تہٕ اُپنشدن ہٕندی خالق تہٕ چھِ ریشی آسی مٕتی ۔

حضرت شیخ العالمؒ چھِ ریشی سلسلہٕ قٲیِم کرِتھ اکہِ قسمِچ بھکتی ہٕنٛز لہر یادٕ کران ، یِہ علم اَمہِ برونٛہہ لل دیدِ چھِ تِجِ منٛز آسان ۔ اَمِس چھُ سہزانند (رُوحانی اطمینان و دل) زنہ نا وپہوان ، تِکیازِ یہ چھُ پنٕنہِ ریاضتہ سٕتی اَتھ مقامس تام واتان تہٕ پنٕنہِ چھُ عام لُکن تہِ اَتھی کُن رہبری کرٕنی ہیوان ۔ یِہنٛزن نظرن منٛز آسہ تہِ مذہب کِنہِ ظٲہِری رسمن رواجن تہٕ علمی بحثن مباحثن کانٛہہ تہِ وقعت ، بلکہ زاہدانہ تہٕ روحانی زندگی بسر کرِتھ خُدایہ سُند عرفان حاصل کرُن اوس یِہنٛد سُنٛدُن تہٕ اصل مُدا مقصد ۔

ریشی نامن اندر یہند کلامہ تہٕ زندگی ہٕندی واریاہ واقعات
چھہ ہاوان زِ یِمن چھہ عالمہ، سادات خلاف آسان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ چھک
تکلیف تہٕ دِوان ۔ چنانچہ اَمِن خلاف یہندی شرؤکھ چھہ یمن عالمن کُن
اشارٕہ کران، یِم محض قیل و قال اسلام چھہ زانان، یِم دالگی دُرہٕ بناوتھ
لُوکن اسلامچ وَتھ چھہ ہاوان، یِم دُنیاوی حشمتہٕ خاطرٕ علم چھہ پران۔
مگر یِم رُوح اسلامٕ تہٕ عرفان لشہ ژھری تہٕ ژھِنی چھہ ۔ ریشی نامو تلہ
چھُہ معلوم سپدان زِ یِم عالم آسی یمن "اَن پرہ" ناو دِوان، تکیازِ یِم
آسی تہٕ شاید لیکھی ہتی پری ہتی یا کم از کم فارسی آسی نہٕ زانان۔

گویا ریشی سِلسلہ چھُہ مذہب چہ ظاہر داری خلاف روحانی
زندگی بسر کرنس اکھ لاٸحہ عمل آسان۔ یہ گژھہ نہٕ زانُن زِ ساری
سادات آسی بِنھی، کینہہ آسی بزرگ صُوفی تہٕ، یم ریشن ہٕندی پاٹھی
زاہدانہ تہٕ پاکباز زندگی بسر آسی کران، مگر اکثر آسی سیاسک سہارٕ
ہیتھ جاگیرن ہٕندی مالک بنان ۔ امہ کنہِ نہٕ چھہ ریشی سلسلس عوامی
لوکن ہنٛز عقیدت پران۔ یمن ریشن ہنٛز زندگی کرتھ آسہے اکھ
گوڈ کالس اندر آسمہٕ، تمیُک اندازٕ ہیکہٕ ابوالفضل سندہ تمہ
بیانہ تلہ سپدتھ، یُس امہ پتہٕ تہٕ دوہ یہ ہتہٕ وہری شہ یمن مُتعلق
چھُہ دِوان ـــــ "کشیرِ ہٕندی ساروی لُکھو تہٕ باعزت لُکھ چھہ ریشی۔
اگرچہ یِم چھِنہٕ مذہبی ظاہر داری اندر گرفتار، مگر یم چھہ بلا شک خُدایہ
سندی بڑی بھگت ۔ یم نہٕ چھہ کُنہِ فرقس خلاف تہٕ نہٕ چھہ کانٛسہ کینہہ

منگان - یِم چھہ سٕرکن پیٹھ میوٕ کُلی رُوان یُتھ مُسافر فایدٕ تُلن -
یِم چھہٕ ماز کھیوان تہٕ نیتھر کرنہٕ نِشہِ چھہِ پتھر روزان - کشیرِ اندر چھہِ
وُنی کین ژٕ ساس یتھی رشی موجُود!!

جہانگیر تہٕ چھہ تزک جہانگیری اندر سٹھا رنگین بیانی سان یِمن
متعلق پنٕنی خیالہٕ ہُند اظہار کران - کشیرِ منٛزِ بجہ روحانی شخصیژ
چھہِ اَمی سلسلکی پیر وِ کار آسمژٕ - اَتھ اندر چھہِ مسلمان کھوٗ ہِندی،
زنانہٕ کھوٗ مرد شٲمِل آسی متی

ریشی سِلسلک مقبول آسُن تہٕ شیخ العالمؒ سُنز عقیدت کاشرِن
منز آسنہٕ کنی چھہٕ (۱۸۰۹ء) اندر پٹھان گورنر عطا محمد خان افغانستان
نِشہِ باغی سپدِتھ کشیرِ اندر خود مختاری ہُند اعلان کران تہٕ حضرت
شیخ العالمؒ ہندِس ناوِس پیٹھہٕ ضرب دِوان - اَمکی کینٛہہ سِکہٕ چھہِ
لاہور میوزیمس اندر موجود - دُنیاہس اندر چھہٕ یہ گوڈ نیک روحانی
انسان یُس سُندِس ناوِس پیٹھہٕ ضرب چھُہ لگان -

کشیرِ اندر چھہِ ریشی پنٕنہ کالہ پیٹھہٕ آسی متی - یِم آسی کُنہِ واسطہٕ
ورٲے خود دایہ سُند گیان حاصِل کران تہٕ کام، کرُود، لوب، موہ
تہٕ اہنکار نِشہِ پتھر روزان - بہوے چھہِ شیخ العالمؒ سُند تہٕ مسلک
اوسمُت - یتھین کنٛزن ریشین منٛز ذکر چھہِ راج ترنگنی اندر تہٕ میلان -
حضرت شیخ العالمؒ تہٕ چھہِ پانس برونہہ کینٛزن ریشین ہُندہ آسنک پے
دِوان - وچھو شرُوک ۱۰۴ - اَتھ شرُوکس منز چھہِ احمد، حضرت محمد تہٕ

اُداَس رح، حضرت اویس رض قرنی بے نشک مطلب - مگر امہِ پتہٕ چھُہ وَننہٕ یوان زِ زلکار ریشی گو حضرت علی رض میران گو حضرت عبدالقادر جیلانی رض، رمہ گو خواجہ خضر ع تہٕ پلاس گو حضرت موسیٰ تکہ یہ چھُنہٕ صحی - چنانچہ امیُک ثبوت چھُہ پانہٕ شیخ العالم سندِ کلامہٕ - مثلن شروکہ کینہہ چھہ ماوان زِ زلکار چھُہ ڈنڈک ون (یُس حمل کامرانس منز اکھ وَن تہٕ گام چھُہ) روزان اوسمُت - میران چھہ ریش ون (یُس صفاپورِک اکھ وَن چھُہ) بسان اوسمُت - رُمہ چھُہ رامو گامس اندر دفن تہٕ آریجن اندر ثابت پلاس (پلاسمن) چھُہ گوہ دٕ سوہ تھیکہ تہٕ خلاصمن ریشٕنز سُند بوے تہٕ آریجن اندر درج - یم ساری چھہ حضرت شیخ العالمس رح بروٕنہہ شاید روحانی لحاظہٕ ہنزِ پاکہ آسہٕ متہٕ تِوتے چھُن خصوصیت سان ہینز ذکر کرمُت - یِہ چھُہ البتہٕ میران لفظُک باس ہیُو گژھان زِ شاید امیُک صحی تلفظ چھُنہٕ برقرار رُودمُت - یمون باس ہیکہ غلط تِہ آسنہ -

یِنہٕ پاٹھی چھُہ "نُنھی یہ دَر دِتم دِوہ" شروکن متعلق یِہ باسان زِ اَتھ چھہ حضرت شیخ العالمس پتہٕ کینہہ شروک بڑاوِنہٕ آمتی - مثلن اَتھ اندر چھُہ شری سدہ کنٹھن تہٕ ڈھیج تہٕ ذکر آمُت حالانکہ یہ ریوش چھہ حضرت شیخ العالمس رح سیٹھا پتہٕ ووٚتھمُت -

## ۵ - شیخ العالمؒ سنز زندگی -

حضرت شیخ العالمؒ سندِس ذات نامس پیٹھ چھِہ وَنیک نام
کا عسٕہ نہٕ صحی کا ئم گرٕ مِتۍ۔ ریشی نامن اندر یہٕ کِتھٕ ہا لیکھِتھ چھُہ،
تِتھ منٛز چھُہ واریاہ اختلاف موجوٗد۔ یِیٹھ چھِہ کشف تہٕ کرامات
یِتۍ چکاوِنہٕ آمژ نہٕ اصل زندگی ہٕندی واقات چھِہ وۄسی پیمنۍ۔
تقیب الدین غازی چھُہ یُہند ذاتہٕ وۄنھر پیٹھِہ یا ٹھی وِنان۔
کشتوارہ پیٹھ چھُہ پور راجہ اوگر اسنٛز ژٕ لِتھ پوان۔ اُمی سُند منیچوٗ
چھُہ درتپا۔ تٔسُند زنگا۔ تٔسُند ہہنٛز۔ تٔسُند وگرا۔ تٔسُندی صلوٗ تہٕ
سلر (سالار دین) تہٕ تٔسُند شیخ نورالدین ریشی۔ اتھ ہر عکس چھُہ
روضۃ الریاضات پیٹھ یا ٹھی ہاوان ۔ اوگراتینز ۔ درتپاتینز سلوٗ
تہٕ صلوٗ۔ ہہنٛز سنٛز۔ سلن (سالار دین) ۔ شیخ نورالدین نورانی
پیٹھے یا ٹھی چھُہ اَتھ شجرس بیہٕ تہٕ اختلاف موجوٗد۔ کینٛہہ چھِہ یمن سنٛز
وَنان تہٕ کینٛہہ تینز لیکھان۔ شروِکین منٛز چھُہ سنٛز لفظی گنڈنہٕ
آمُت۔ مُمکن چھُہ نہٕ یا تہٕ چھُہ یہ سین لفظچ کانٛہہ شکل ہانتہٕ ما آسِہے
یہندس قبیلس یہ کُنیت۔
بہرکیف زیادہ تر تاریخ کبیر مصنفہٕ حاجی محی الدین مسکین پیٹھہ یہنٛز زندگی
مختصر یا ٹھی پیش۔ ہنگیارہ۔ یہ تواریخ چھُہ تمام تواریخن تہٕ نورنامن
ہُندہِ مطالعہ پتہٕ مرتّب سپدمُت۔ اَوہ کِنہٕ چھُہ تمام خیالاتن ہُند
لُب لباب۔ یہ تواریخ چھُہ وَنان زٕ حضرت شیخ العالم سندِس بابہٕ صاحبس

... سلر ... تُلو۔ یُہند و بزرگ اُسی کِشتواڑکِ راجہ تہٕ یمن اوس

سَنز لقب ۔ زمانکۍ انقلابن ژٕلہٕ نوو یہند جد کشتواڑہ پٔتھہٕ تہٕ واتہٕ نوٚوُن کشیرِ ۔ یَتِکۍ ۔ اَجن دِیتُس رُوپہ وَن گام جاگیر ۔ تٔسُندہ نیچو اوس دُرپتا سَنز تہٕ اَمی سُند زنگا شَنز ۔ یہ اوس تنیلیسرکس راجہ خمنی وارِس مشیر تہٕ ڈلچو سندِس ہنگامس اندر سپُد قتل ۔ اَمہِندجا دادہ آو لُٹنہٕ تہٕ اَمی سُند نیچو ہنز سَنز رُود کیوٚنز کال جنگلس اندر ژورِ تہٕ آخرِ کوٚرُن گوڈٕ سنتھو گامس اندر قرار ۔ اَمِس اوس اکھ نیچو وَگرا شَنز تہٕ تٔسُندے گوسلہٕ سَنز ۔ یہ ووت یاسمن رٔشِس لِشہٕ تہٕ تٔہندِ اَکھِ بٔٹیو مُسلمان تہٕ سالاردیٖن بیوس ناو ۔ اَمِس سپُد سدہٕ ماجہ سٔتی کھاندر تہٕ کیموہ گامس اندر کٔرُن سکونت اختیار ۔

سدرہٕ ماج تہٕ اَس راجپوت قبیلہ منزٕ تہٕ آڈوَن پرگنہٕ کِس کھی گامس اندر اکِس گرِس گرِہ پلیمٕژ بٔڈمٕژ ۔ اَمِس اوس کیموہ کِس اکِس ہیلس سٔتی نیتھر سپُدمُت ۔ مگر تِمَن زہ نیچو شُش تہٕ گندرٕ آسِس تہٕ پتہٕ آس موٚنڈ سپٕزمٕژ ۔ آخر سپُدِس یاسمن رٔشی سٔندِ ذریعہ سالاردینس سٔتی کھاندر ۔ چنانچہ ۷۷۹ھ (مطابق ۱۳۷۶ء) سپُد یمن حضرت نورالدین نولہٕ (برسوار ۶ جمادی الاول)

یمن چھہ نُندہ ناو تھاوان ۔ یِم چھنہٕ زیتہٕ وقتہٕ دوٚد چیوان ۔ اَمہٕ وِزٕ چھہ للہ دید اورٕ واتان تہٕ یِمنٔی بَب آسَس اندر ژٔر وِتھ چھِس وَنان " زینہٕ مند چھوک نہٕ چینہٕ چھُک مند چھان " تہٕ حضرت شیخ چھہ دوٚد چیوان ۔ اَمہ پَتہٕ آس للہ دیدہ منزٕ منزٕ اَمِس یِمن دوٚد

چیاوٕ نہٕ اورواتان۔

یمن چھُہ پرگنہ پرنگ کِس ساگام گامس اندر ریلہٕ یم ۱۳ وُہرِ
چھہ آسان ژٕنے ناوچہ اکِس خوٗتوٗ نہِ ستھ تو کھاندر سپدان۔ شین
ورٕ ین اندر چھہ یمن اکھ کوٗرژُوٗن نہٕ اکھ نیچہ حیدرژیوان۔ اُمی
سندی ماجہ ہٕے ششُش تہٕ گندر چھہ اُمس پانس ستی ژوٗرہِ نوان،
یکبارہ تمِ چھہ ژوٗر کران آسان۔ تگریم چھک نہٕ اتھ نگہِ لہ نیران۔
اُمی سنٛز موج چھہ یڑھان زہ یہ گوٗژھہ نوتہ ووُورِی کارہ ہیچھُن،
مگر یمن چھُنہ تور کنُ تہِ دل لگان۔

اُمہِ پتہ چھہِ یم دُنیا ترٛاوان تہٕ نفس کُشی نہ ریاضت شروع
کران تہٕ گوٗ چھہ ترٛاوان۔ یم چھہِ سہ روحانی عرفان تہٕ گیان حاصل
کران یُس بے نظیر چھُہِ آسان (تہ یمہِ کنی یمن سہزانند نہٕ چھہِ ونان۔
کامل)۔ یہ مقام لبٕتھ چھہ یم کشیرٕ مرازہٕ کامراز پھیران۔ دزِیہ گامہٕ
چھہ یمن وُرِی ین شنگہ گنے زمیندارس لشہ روزان۔ اکس وُرِی یُس
ژمرہ (دیوسر) سٔتن وُرِی ین ہوپچی پور (بیروہٕ) تہٕ ستن وُری ین
رہ وہ پہ ون قیام کران۔ آخر چھہ ۶۳ وُہرِ ۸۴۲ھ (مطابق
۱۴۳۸ء) جنّت نصیب سپدان تہٕ ژرارِ شریف دفن سپدان۔
یہندِس جنازس منز چھہ سلطان زین العابدین بڈشاہ تہٕ شمولیت کران۔

ریشی نامہ چھہ امیر کبیرؒ تہٕ میر محمد ہمدانیؒ صاحبس ستی تہٕ یہند
ملاقات ہاوان۔ اصل ریشی نامہ مصنّف بابا خلیل چھُہ میر محمد ہمدانیؒ نہٕ

شیخ العالمؒ سُند پانہٕ وٲنی گفتگو پیش کرِتھ، پنُو لاکن حرف۔ یہ ؤنِتھ خاموش سپدان نہ "بعدازان در انکشافِ رموزات استفادہ کردند" یعنے دوہ نوٚے سپدی اکھ اکی سُندی خیالات بوزِتھ مستفید۔

حضرتِ شیخ العالمؒ چھہ ریشی ناموٗ موجب اویسیؒ آسی متی۔ اویسیؒ گیہ ہم صوٗفی یم براہِ راست حضرتِ محمدؐ نِشہ فٲض چھہ لبان نہٕ عرفانِ حق حاصِل کران۔ اتھ سلسلس منز چھِنہٕ مُرشد تہٕ مرید گنجایش آسان۔ شاید ہیوٚے وجہ چھُہ نہ میر محمد ہمدانیؒ بہٕ ہِمَن ونان چھُہ "یا بعیت دِہی یا بگیری"۔ یا رٹھ بعیت نتہٕ دِم بعیت، یم کھیٚن دوشوے کتھو نِشہ انکار کران۔

حضرتِ شیخ العالمسؒ آسی ژور خاص خلیفہ:- ۱۔ بابا بام دین (بُمہٕ سادھ) ۲۔ زین دین ریشی (زیا سنگھ) ۳۔ بابا لطیف دین (لدی رینہ) ۴۔ بابا نصر دین۔ یہُند کلامہ آسی بابا قطب دین (اکِن پنڈت) لیکھان نہٕ یمن سٍتی سٍنی روزان۔

شیخ العالمؒ سُند اکھ شیدائی غلام محمد مغل بالمعروف رفیق ہم شاہ محلہ نواب بازار پھر روزان چھہ حضرتِ شیخ العالمؒ سُنزِ زندگی متعلق واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ تحقیق کران یمیہ سُند یمن سٍتی گُھلہٕ پٹھی کتھہ باتھ کرنک نہٕ یہندی خیالات زاننک موقعہ حاصل میون خیال چھُہ نہٕ یم چھہ اصل مسلہ کسِ ژکس تل وٲتی منی، مگر تتھہ حل کرنک طریقہ بس ہموا اختیار چھُہ کورمُت ماسہ چھُنہٕ صحی۔

یہُند خیال چھُہ نہ شیخ العالمؒ چھِنہٕ کشتواڑک آسی منی، بلکہ چھُہ یہُند اصلی وطن ریاست نگرکوٹ (کانگرہ) ... یہُند بجِ پہ دِکرہ راجہ

بلدیوچندر چھہ کانگڑہ بیٹھہ سیاسی انقلاب کنہ راجہ جے سنگھہ (۱۱۲۸-۵۵ء) سندس عہد حکومتس منز کشیرِ یوان۔ یم چھہ چندر بنسی رجپوت آسان۔ حضرت شیخ العالمؒ سندس مالِس چھہ سنگرام چندر ناناوآسان نہ حضرت شیخ چھہ کیموہ بلکہ سری نگر زوان۔ یہنز اصل تاریخ پیدائش چھہ جمعہ ۲۵۔ ربیع الاول ۷۷۴ھ مطابق ۲۴ ستمبر ۱۳۷۳ء۔ اَمہِ باوجود زہ یہند طرز تحقیق تہ چھہ کمزور، یمو چھہ کینہہ کتھہ تتھہ یاتھی غلط ثابت کرہ مژہ یتھ یہ انکار ہیکہ سپدتھ۔

بہرحال حضرت شیخ العالمؒ سنزہ زندگی تہ کلامس بیٹھہ تحقیق کرنچ چھہ سٹھا ضرورت۔ یوسہ صبر، محنت تہ شوق من چھہ منگان۔ شوق دمنہ ورائے ہیکہ نہ کانہہ کام صحی نتیجس واتتھ۔

اکھ کتھ چھہ بلا اختلاف زہ حضرت شیخ العالمؒ چھہ کشیرِ ہندین ریشین ہندی سردار۔ یہنز عقیدت چھہ کاشرین مسلمانن تہ ہندین اندر یکسان۔ یہنز زیارت چھہ ژرارِ شریف۔ یتہ ہر ہتھہ ورٕی یہ ماٹہ چھہ لگان تہ لچھہ بدی عقیدت مند چھہ حاضر سپدان تہ روحانی سرور لبان۔

## یاداشت

کتاب اس اندواژ مژہ مہرہ لوگ اکہ ریشی نامک پریش بابا اسماعیل کبروی (وفات ۹۱۶ م) سند تصنیف چھہ۔ ہرگاہ یہ میہ بدس آو۔ یہ گرمہ سائنس ادبی تاریخس اندر سٹھا اہم تہ دوبارہ ـــ [illegible] ـــ شیخ العالمس یتہ سینی وہری قلمبند سپد من۔

# شُروُک

"بخشندہ بکشا دِل بندہ پَرَا
کل بَرَ نہٕ رَبہٕ سُند ناوِ سَرا"

(اُستادِ شیخ رح)

(۱)

کُنِرَے بوزکھ کُنہٕ نو روزکھ
اَمی کُنِرَن کوتاہ دِیُت جَلاو
عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزکھ
کمیٔ مالِہ چیتھ ہیٚوک سُہ دٔری یاو



کُنِر: توحید۔

(۲)

کسُ گوٚ توٚن نہٕ کمیُوڈیُوٹھُے

توٚن نَتہٕ وٲنِتھ کیٚتیٚو گیہٕ پَتھ

یِمی یُوٚن پیٚنُن پانازِیُوٹھُے

تِمی تیٚیشر لٗیی لیٖٹھی وَتھ

لٹہٕ مَتھ: نزدیکی ورتھ

(۳)

صاحبہٕ بلند ژٕ ىٕیہ روٗس کُنہٕ نَے

ترگبم نَنہٕ کرٕہ ہےٚ ژٕ ىٕیہ طاعات

زٕىتھ ژٕندہٕ آدٕ نہٕ منگہٕ ہےٚ تُرٕہ نَے

وُبُود سيٚود وُچھنَم ژٕلے نہٕ زات

---

طاعات : بندگی    ژٕندہٕ : جندہٕ    زات : زٕہنہٕ

۴

بَس ژٕہ دِکھ نَس نِتھ ہیکِہ کُنھٕ یَے

کیا کرِہ بس گرٕ تہٕ کیا کرِہ بس سات

بَس ژٕہ نِکھ تَس دِنھ ہیکِہ کُنھٕ یَے

کیا کرِہ بس قآبلِت، کیا کرِہ بس ذات

۵

نِہَرِ کرِکھ پوش زَن تگے

زہرس آسم قندُک ساد

قہرِ کرِکھ، سون کیا لگے

شرٛاکہٕ تنہٕ مارٕنس چھاوا د واد

---

ساد: مزٕہ (سواد) یوان چھِ کیٛشہ کھٕ "سوان" بران

(۶)

اَکُے خودا، ناو چھُس پَچھا

ذکرِ رۄس کانٛہہ پھا مو

عُمرِ وہندُن اکوے پچھَا

رِزقِ رۄس کانٛہہ مچھا مو



آرأیش دِژِن پرٛنتھ صفاتَن
ذاتَس لَبِہ نہٕ مرُن تہٕ زیُن
شرف بَخشُن حضِ انسانَس
تُرٛکھےَ چھُک تہٕ پانےَ ژٕین

---

آرأیش: زینتھ ترٛکھےَ: گاٹُلُ

(۸)

خدا تعالا اوس نہٕ آسی

سُہ بیتہٕ آرت گسِہ نٕہ

نکس دین ہار رُوزی آسی

أسی تس ژٕہنس سُہ آسِہ نٕہ

---

آرت: ختم گسہ گژھِہ۔ نکس: بچہ کاکشِہ؛ دین ہار: دِنہٕ وول

۹

ۓکلے کرکھ ءکلی وُزِی
پھُلَے لگی اَللہ ھُو
ژِہ یوِہ گرژھکؑ سُہ توِہ رُزی
دِلے وُزِی، اللہ، ھو

---

رُزی : بازِی

١٠

اللہ پَرنَس دورا پھِری ژٕ

ژٕ گژھ لادَن سٕری ژٕ نہٕ ژٕنٛہہ

یادَس تھٕہنٛدِس دوہ دہٕن ہٕری ژٕ

زِندٕہ آسِتھ، مٕری ژٕ نہٕ ژٕنٛہہ

## ۱۱

رِشتَرن میاہَن وۄہ ندن
بَشُرت پیوٚ موہاے
تورے موٚڑھَہ رندَن
کربندَن توشہِ خداے

---

بشُرن : بَشرُت (ممکن چھُ لفظ آسہِ "بشرُت"، مگر تَ چھُ وارٕہ پٲٹھۍ نَ لیکھِت)

(١٢)

أکِس مٲلِس ماجِہ ہٕندٕ بن

رِمن دِی ترٲوِتھ نتہٕ کیاّ ے

مُسلمانَن کیاّ وُ ہیندٕ بن

گرِ بندن توٗشِہ خدا ے

۱۳

ڈنڈک وَنِکِ زلکار رشی
نی کرِ ٹھس کڈّن ماے
اَن کھُبنک ٹھوُون تہٕ بندن
کرِ بندن توشہ خوہ داے

(۱۴)

پٲرا نہٕ اَبیاٲسی پلاس ریشی

تمی فرسس لون درا ے

اکہ دَمہ موٗٹھس نہٕ . . . . . .

کر بندن توشہ خوہ دا ے

---

پلاس بیاں: شہہ مبذہ جن ناس (یہ سترِ وکھ دوھم نہٕ پوٗدہٕ پاٹھ)

(۱۵)

تمہِ حضرتِ رُمہٕ ریشی
منز سوٗدرگس آرزِن جاے
شوٗبہِ رحمت ہمن ژندن
کر بندَن توشہ خوداے

(۱۶)

نُے حضرت میران ریشی

کرِ یڈہ نفَس سێنی کوٚر نیاٚے

پوٚنز آنٛزٕ مۆن قطرن دَ ندن

کر بندن توشہِ خوہ داے

(۱۷)

کیوٚلِ کوٚت ینرکھ پنہاۘنی
ترآینھ شرُی مُری نۍ گبھہ بار
یِم کس بار لدکھ پاپآنی
بارِ خُدایا، پاپ نوار

(۱۸)

کھٔٹِتھ پَرِ دٕ یِ ژٕنِھ رُچھرِ ے
کھٔٹِتھ دِزِ ے سدرَس نار
ژٕنیٚہ نَتہٕ ببہ کس وٕنتھ گرٕ ے
بار خدایا، پاپ نِوار

(۱۹)

کھل وَنہٕ زن گیمَ گٹے
بوت اپی سُہَم تار
ژٕہ وُچھک اَنذٕہ یُدٕ بہ کم رَٹے
بار خدایا، پاپ نِوار

---

دوٚیم مصرٕہ چھُنہٕ فکرِ تران

(۲۰)

نۆت مُتھٕ موذی لوگمُ
کنٛدِہ ہُونی گورُم موٕردار
گبہہ تراۤیتھ، پرٕ گبہہ زوگمُ
بار حذایا، پاپ رِنوار

(۲۱)

شوگہِ ژٲلہِ ینِرتھ، پنزرٕ مٹھم
لوٕ تہٕ لوٕ تہِ ژُلنم ہاہا کار
آرول پوش زن بدن شٹھم
بار خدایا، پاپ ہِوار

---

شوگہ: جانوَر    پنزر: پنجرہ، ژِھیُپ    ہاہاکار: وَدَن بایہ

(۲۲)

زُونہ اۄزُھے، پَوَن نِہ اۄزُھے

ژٕتہٕ تہٕ اۄژُھے، اۄژُھے سار

یِمَن پَدَن مبہ وٕژار گۄژھے

بارخُدایا، پاپ نِوار

(۲۳)

زُونیرِ برٛونٹھ تہٕ لُوب ییرِ یَنہٕ
گرٛھن دوٚن زہ وَتہٕ شٕنی کار
یہ دِکھ برٛونٹھٕ تی پَتہٕ
بارخدایا، پاپ نِوار

(۲۴)

ڈیٹھس کلکِ کالس منٛزٕ ی
ہنٛزٕ ی یاَ ٹھٕبن لوٚبس تار
وٕوٚن وَنُن، نٕنٛدٕ ہ سنٛزٕ ی
بار خدایا، پاپ نِوار

وَنُن: عرض۔ التجا (ییٹھ یاَ لس چھیہ ہیہ تہ کینٛہہ منز، تمہ بیکر نیو اپرِ تھ)

(٢٥)

ژٕہ چھک سکلن کارن میٚہ
میٚہ ژٕہ پَتھ ون دِتَم ترانہٕ
بیٕ ژٕیٚہ پانژَن وقتن نیمہٕ
چھُہ ہم ژٕ بَنَس ژٕہ مِہربانہٕ

---

سکلٔن: سارِنیٕ   نیمہٕ: نمَہٕ   ترانہٕ:

(٢٦)

نِرگُنہٕ ژٕ رویَتہٕ دِنَم

چھُس بۄ چیوٗنے ناوسرانہ

بھگہ، کیلاس کھآرِنہٕ نِتَم

چھُہ ہَم ژہ بنَس ژٕ مہربانہ

---

نِرگُنہٕ: اے بے شکل و صورت خدایہ ... رویَت: دیدار ... کیلاس ... آسمان، عرش

(۲۷)

حضرِ رسولس کامنت ژ آجی
ژ بہ نس سُوزُتھ سَہز قرآنہٕ
بھگہ، سہ یئی ریاضت پاآجی
چھُہ ہم ژ بنس ژٕہ مہربانہٕ

کامنت : (دگنی) بوده ژھاے۔ بھگہ : بھگوانہٕ

(٢٨)

سُہ چھُہ سکلن بۄڈ پیغمبر

ژ ہہ تسَ بوٗزُتھ ہِر آداۄ

سُہ ژ یِٚہ شوٗدِ ہ مَنہٕ نیوٗتھ اندر

چھُہ ہَم ژہٕ نَس ژۄ مہربانہ

اَدانۄ: آدنۄ، روزِ ازل۔

۲۹

چھُم چیُونُے میٚہ آدَر تہٕ

میٚہ ژٕہ پَتھ وَن بَجنُم مانہٕ

میٚہ ژٕہ بکھتی کارن کرتہٕ

چھُمَ ژہ تس ژٕہ مہربانہٕ

آدر : بُنیاد، حکُم (آدھار) عزّت    بَجنُم مانہ؟

۳۰

بۆہ مَنٛزٕ بٮ۪وم وِشَس
بۆہ گورم وَن ادانہٕ
بھگہٕ پٔرکٹ برٛنٛہم رٕشس
چُھ ہَم ژٕنٛنس ژٕ مہربانہ

---

بٮ۪وم: بےرٕیُم ٮ۪کِشَس نٕہ

(۳۱)

پرٛنِتھ دِشن تہٕ سگاٹن
ژٕیہٕ چِھی سکلی کُتھ نمانہٕ
میٚہ تہٕ مدنھا کرتَم ژاٹنَ
چھُہَم ژٕ بتس ژٕہ مہربانہٕ

(٣٢)

وُشہٕ دُر بَلہِ گرٛیزِتھ یِیم

اَدٕہ مَن ژٕلیم سنٛدانہٕ

بھگہ، شوٗدِہ مٕنہ لزکیٛشرگیم

چھُہم ژٕ بَس ژٕ مہربانہٕ

---

وُشہ دُر : موت ، عزرائیل سنٛدانہٕ : اَنہ گٹہٕ ؟
[illegible]

(۳۳)

تَسۍ پدمان پوٚرِچہ للے

نمَہِ گلے امر بتہٕ چھوٚ ہٕ

سوٗ ساینۍ اوتار لوٗلے

تِتھی میٚ وَر رِ دنَم دِوٕہ

---

للے : لل ... ساِنٛی : بوٚگیاٛی ... رِدٕہ : بھگوانہ

(۳۴)

گوٗکہٕ بوٚ پنٕنی گجھُی
اکِجی گوٗرن رسوٕہ
ستی جانا وارن زٕجی
تِتھی میٚہ ورٕ دِتم دوٕہ

(۳۵)

نٕمی ڈنڈٕ نکٕ زٕ لکار ریشی

گٔرٕ ھَ پھٕلہٕ کوٚرُن رِسوٕہ

پوٕ ختہٕ بکٕھت اوس مُکھٕت سُئے

تِنھی میٚہ وَر دِتم دِوٕہ

(٣٦)

رش وَنِکی میرانَ ریشی

ژٔندرِ ساسس ان جل پَچھِ

اَدِ دَیہ ہوٚت آکاش گوٚوُے

تِنھی میٚہ دَر دِتم دِوِ

---

ژٔندرِ ساس: ساس وٲری زوٗنہِ حابہ

(۳۷)

زٕنؠ میون اوس امرِتہٕ گوٚرُے
نٕژ نہٕ ادرک سمسار کوٕہ
گونہٕ گوٚرس ژاٹھا ژوٚرُے
تٕھی میٚہ ور دِنم دوٕہ

زٕین : جنک ریشی (زٕین شاہ صاحب) کیٚنہہ چھِس "زِیاسنگھ" ناو وَنان ۔

(۳۸)

ڈو ٹھیُوک یشہٕ بر، گوسأنِس

بنی زأنی نہٕ کرِتھ رسوٕہ

ڈو ٹھیُوک رگہ زال پیہٕ وأنِس

تِتھ مبہ ور دِم دوہ

---

پیہٕ وأنِس : (یتھے پاٹھی چھ سدہ والنس، شرکنتھس نہ بہ کنتھن ہندین مہندناو [illegible] گرنم بدو نتم پورہ پاٹھی ۔ بہ فقط چھس یچھہ پاٹھی لیکھت "سہ والنس"

رگہ زال : ؟

(۳۹)

صاحبو، بٔرتٔل مۆلُم ساس

رٔونگُم روے تہٕ نقاو نَم وَنے

نَزِدچُھ دُنیا پیوان نہٕ راس

ہا وَسہِ روزٕہ ہا وُگنے

کرتَم قبول تہٕ لاگے داس

بٔرتل چیانہِ پھیرہ ڈُگنے

(٤٠)

بہٕ بُدٕ زانہٕ ما دُنیا چھُ بڑٕ یٚما

یَمنہٕ ما تہٕ ہیٚمبہٕ ما لاگِنہٕ زاأنی

کوٚرتھَم ژَھلا نہٕ ژُھنتھَم طَما

یَتھ کوٚنژھ لوٚبُم نہٕ، سَنہٕ چھَم حیاأنی

ژُھک سور پانے، باقی چھُ دَما

نخفے ژیٚہ کرتھ مٔرِنہٕ ماأنی

(۸۱)

دوہس گژ آرِم نفلہ ہتھا
راتس رُودُس زاگیے
یدُوَے نہٕ کرہ ہَم قبوُلی ییتھا
ہُون زَن پھیوُرس آگیے

---

آگیے : روٗنِدس، آگہ راچھ

٤٢

یَتہِ تہِ میٚہ ژٕی، تَتہِ تہِ میٚہ ژٕی

میٚشرے کرہم گُلزار

سأرِی نزٲوِتھ روٚٹکھ میٚہ ژٕی

میٚہ ژٕی ہاوتَم دیدار

(۴۳)

سأری تراوتھ رٕ وُنکُ میٚہ ژٕی

میٚہ ژٕی ژھانڈان لوٗسُم دوہ

جانَس مشٕتریلہِ رٕ وُنکھ میٚہ ژٕی

میٚہ ژٕہ تہِ پانس دیوٗتُم ژھوہ

(۹۹)

کندے آس تہٕ کندے ژھٔنہٕ

صاحبو زینہ چی گیمَ ہانٛژھ

رحمتِ بارانہٕ روزِہ نہٕ پینہٕ

ژٔرِہ ہُندِہ تریش چینہٕ چھوپنس نہٕ رانٛژھ

---

کندے : بدن ، جسم　　رانٛژھ : رژھ

(۴۵)

سوٗنتہٕ یِم ژٕنّیہ کُن لاگنَے کرَن

تِمَے سوکھ برَن پیہٕ بنٛدے

یِمَے غوٗ دا ے تہٕ رسوٗل سَرَن

تِمَے سمسارس زٕبن کندے

---

کندے: یتہٕ نَحو چھُ معنے " تِہندے زیٚو چھُ مسحی زیٚون "

(۴۶)

پأرِہ پأرِہ لگہِ زِہ تَس پیغمبرسٕ
بَسندِس دَورِس چھِہ رحمت جارٕی
کأنٛی بَلِہ ہَکھ لگہِ روزِ محشرس
تَس کُن میدوار آسَن سارٕی

(۴۷)

کام، کرُود، لوُب، مُہہ، اَہنکار چھُے

دوزٕخ نار چھُے دِوان بڑاے

کرٕیہِ تہٕ کارن وندادار چھُے

چندس دیار چھِہ مہ کرضاے

حضرتِ محمّدؐ ہوادار چھُے

یتہِ ویژارس بہہِ خوہ داے

---

کام : شہوت ۔ کرُود : حسد ۔ لوب : طمع مُہہ : اہنکار : غرور
بڑاے : ژھِشٕ ۔ کرٕیے : عمل ۔ ہوادار : شفاعت کرِن وول ۔

۴۸

رِندو ہیندین ہیٚنزٕ کامہِ ژٲوی تو

ژٲوتو ، پٲوی تو حقہٕ سٕنز وَتھ

حضرتِ محمدؐ مَنٛنہٕ مُشٲوی تو

اَسہِ ین نارَس ہِمَن روزِ کتھ

(۷۹)

پٔرِزٕ وَنان پَن زَن نٔٹھ

اَپُزٕ وَنان لگی رٔس

محمدٌ تراوِتھ ابلیس رٔٹھ

سُہ چھُے وُچھان، کھٔٹھ کَس

(۵۰)

رحمت محمدؐ صاآ بنِس دِنَس

مرگہِ وَنہِ ییٖ تھو و کلما نھٕنُ

(۵۱)

رُنت چھےٚ ہر سانہٕ لوٚ نہِ لو نہِ پرٕنُے

با رسولؐ یتہِ نتہِ داآدِس وانت



نھٕن : روک۔ بچاؤ

(۵۲)

محمدؐ، ژٕوریارؓ، برحق گٔنزرٕکھ

ژِتَن نِشہ اَندِ دُنیُہک نِیاے

جان یان پَنُن ژِتن تیژھ تٔنزرٕکھ

سوے چھےَ تور کرِتھ بُڈ رٔہکاے

تٔنزرُن : قٕہ ربان کرُن　　رٔہکاے : عمل ، جمع یہ روزِہ

(۵۲)

ژٕح لجن نفس ینہٕ نٕہ زٕہٕہ پشتہٕ

تل میٚیٹرٕہ گوٚنڈمم پیٚیٹرٕ ینہٕ نار

محمدؐ صاحبُن کھیٚن چیٚن وُنتہ

نزٕیہ ترٕیہ دوہ یہ کران آسی افطار

زٕہنزٕی کرٕسے کوٚر کارن کُشتہٕ

پا پرمیارکن ونکھ ضرار



وُشنہٕ ۔ پُچھنہٕ

(۵۴)

کوٗر دو رسوٗلِ ﷺ دایَس زایے

سۄ کوٗر زیٚنہٕ آیہٕ عالمس شوب

حضرتِ شاہَس رضؓ سۄ باگنہٕ آیے

تَس اَتھہٕ زایے زٕ ی آبرُو ب

ناوتَس حضرت فاطمہ رضؓ آیے

وَندہس نٕوجان، تِ چھُم لوٗب

(٥٥)

بہ چھُس کُنؠ ہستؠ گوٗڑھُم یار
بارس ستؠ بہ دَمہٕ دَمہٕ پکہٕ
سُہ نےٚ ڈیشَن، گگُل چھم خار
یَنہٕ میٚون یار نہٕ تَنہٕ میٚون پکہٕ

(۵۶)

رٔژ رٔتی یامتھٕن ہۆین کُن ژارَن

بےَ چھُم لگہٕ ناکارَن سٕتی

پُلِ صراطس اکہٕ اکہٕ تارَن

شےَ چھم ژورَن یارَن سٕتی

(۵۷)

یأرِ ہ یأرِ ہ محمّدُ صاۓ آجنس شاسَن

بُس اُمّتس ہیٚہِ پانَس ستۍ

اَنٛنِہ کھوٚر نۍ گنڈِ ی بد شیطانَس

یُمی لَے کر قعوٚر آتش ستۍ

(٥٨)

قرآن پرَان کونو موُدُکھ
قرآن پرَان گوے نو سُور
قرآن پرَان زِندٕہ کینٛہہ رُودُکھ
قرآن پرَان دۄد منصوُر
قرآن پرَان بے غم رُودُکھ
تامنت پھۄرُے اکھ ژُور

(٥٩)

الحَمدُ، قُلْ ھُوَ، التحیوتو

پالِہ کھےَ، تِی چُھےَ قوہ رآس بوت

نتہِ اِبلیسَن پرٛ باوٕ کو تو

گوس اُٹرن سگ، مُولَن ژٕ روت

(۶۰)

اَنگ بوٗ خوشبوے ہا رنگ بوٗ عُودِہ

دارِس بودہ کتن آسِہ مان

سوٗسن بوٗ کرٕ یِہ روٗسن بوٗ گُروٗدِہ

سُہے ہَے دٔپی زِہ نہٕ مسلمان

۶۱

پانس موٗل یُس نَھوِ نہٕ ہارِ ے

بلیس ستنی کرِہ نہٕ مان مان

ورزن نرٲیِنہٕ، سرزن گارِ ے

رانس دوہ ہسَ وارِہ پان

پرنہٕ پان یُس سُدرس تارِ ے

سُے سہے دیچ زہ نہٕ مُسلمان

٦٢

سُے پرُشا سو رگس پرٛاوے

یِسٕ اَہر ژوِہ یِن سان

رٮ۪نَن دوہ ہِن یِسٕ روزِہ تھاوے

آسِہ تِیہِ روٗس لمہٕ وان

لوٗبہٕ ، مُہہ ، مَد ، اہنکار نٮ۪راوے

سُے ہے دٔپِز نہٕ تہٕ مسلمان

٦٣

بیس نظر کرِ ہ نہٕ ہانے

آسہ نہٕ دَن ڈیشنہٕ برمان

بَیَن بُسے وٚپشن وٚکنے

پانس برٕ وٚنٹھ نتھ آ نہٕ ایمان

شرع پالہٕ نہٕ ورع بنے

سُے ہے دِیزہٕ نہٕ مُسلمان

شرع پالنہٕ : [illegible] ، ورع : زُہد ، طریقت
وٚپشن : وۄدپیش - پیغام
وٚکنے : دُنہٕ

(۶۴)

دُ ہیچہ کامہ بُسؠ کرٕہ اوٚدالے

نُنُنزٕ رُوس آسِہ سکل کموان

ژٕ ہتھ کسرٕ یوٚہ مدی والے

ژالہ گوٚب وژن، اومان

پرٔس پرٕہ تہٕ پاسَن پالے

سُے ہیے دٔیی زٕہ تہٕ مسلمان

کسرٕ : کم گرٛتھ      اومان : ایمان (بے یزتی)

(۶۵)

اندکُن رُہتھ ہَنٛدِ بِہ لٲژِ

میٛژِ بِہ دِ بیندُے پننُ پان

یَڈ بِہ گنڈنہٕ ژٕڈ بِہ ہیٛژی

سُے ہے دِچِ زٕنہٕ مسلمان

---

ہندِ بِہ لٲژ : اتھہٕ بندس چھ اکھ شاہ پوُیت

(۶۶)

کرُٛودَے سُود مالِہ راوی ہاپٔس
کرُٛودَے کرٛیٚے تہٕ کارن دَزِی
کرُٛودُے ژُور چھےٚ دُٔرٕہ خراسٕس
کرُٛود نو مُسلماں پَزِی

(٦٧)

صاحب ستی ییٖ میہمانس
تی کر بوٗ ستی صاحب رٲزی
پہ دِکھ پرٔس نہ چھُے پانس
کرُد نو مسلمانس پرٲزی

(۶۸)

أچھ نو نُلہِ نِہ پَرِدِس زنانِس

تَوٕ ستِتھ الگ پلنگ دَرِذی

تَوٕ ستِتھ چھُو لگیو ایمانس

کرُود نو مسلمانس پَرِزی

(٦٩)

ترأوِتھ یِنَے اَنْد مأدانَس

مازٕ تہٕ وُسخان مٔشرِتھ جَرٕی

حساب منگہٕ نَے دانَس دانَس

کِرٕوُد نو مسلمانَس پَرٕی

---

وُسخن: بُڈو جب۔ بُرکا: سِترِی۔ پلہ ژٔی۔

(٧٠)

کلمے پۆرُم ، کلمے سوٚرُم

کلمے کوٚرُم ، پٔننے پان

کلمے ہٕنہٕ ہٕنہٕ موین توٚرُم

کلمہ سِیٹ ووُش لامکان

(٧١)

علمُک آگُر چھُہ کلمُک معنے

کرٕہِ ہُند آگُر، مینی کھیٚن

شِنی یِہُک آگُر، پانٕے زانَے

سٕدرُک آگُر، لَیہِ نوژھیٚن

---

مینی : سۆم یکم

(۷۲)

علم چھُے بوٗڈ تہٕ کلمہٕ ستی سرو

محمّدٕ صاحبنہٕ پکھ رٹہٕ وۍ

کرِ یہ داوہ دَرِ نے موہ ختیہٕ لرو

باو تتھ موہ ختش لگہٕ وَٹہٕ وۍ

رَٹہٕ وی : وتہٕ وی

۷۳

فَرضی پھۆل تہٕ راتھ گیہ آدا
اَتہٕ کیہو رُودُک رادا دِتھ
بانگ تہٕ صلوٰۃ ربّہٕ سُند نادا
تَتہِ کیہو آیوکھ وعدا دِتھ
فرض تہٕ سُنّت کرمالہِ آدا
جنّتس نِنہٕ یوٗ نادا دِتھ

---

فرض پھۆل: سوٗید

(٧٤)

شاِمچہ نمازِہ ژۄنگ ٚنن زۄتکھ

لۄ تکھ پاپہٕ نہٕ پورِی نہٕ نار

ٚنژرِچ خبراہ بُوزی بُوزی شۄتکھ

آسہٕ کھےٚ پیادہٕ، سَپنِکھ سوار

---

ٚنژر : اَجر، مۄزوری   شۄنکھ : خوش سپدکھ

(۷۵)

فرضٕ کرِنچ یُدٕ شوُب آسی
مرَضے نِشہٕ زن لوٚسُتے پان
ذکِرہ تہٕ فکِرہ ہُندٕ لوُب آسی
ہیکِہ کسٕ کرِتھ ژٕیہٕ سٕنٛز مان
کٔرِہٕ کھوہ تہٕ ژوٚرٕ یُدٕ انصاف آسِی
سٕتنز سٕنٛز پانسَ نِکھ ایمان

---

فرض : نماز                    لوٚسٕت : کسُن

(۷۶)

بےٚ خبرس کوٚسہٕ گیہ یوٚ گٹَے
دۄبرِھ، قبراہ وَٹہٕ نےٚ مو
نکیر تہٕ منکر والِہٕ نَے ترٛٹے
نَتہِ آوٕلنٛکی ناٚن نَٹہٕ نےٚ مو
پاٚنژھ وکھ نمازٕ رٹھہٕن ژَھٹَے
بے نمازس ماز ژَٹہٕ نَے مو

---

آوٕلنٛکی : یرٕنکیٚ وال، ژُمٕہ

۷۷

کالِکۍ نہٕ کاجِکۍ نفلے گذارکھ

پَنُنے گارکھ صاحِب جُو

وَ نہٕ نہِ رٕژھی نفسَے مارکھ

وَ نہٕ نہِ اندرلبہٕ ہَن سُو

اَنْدکُنْ رُوزِتھ دپِن یُد گُذارکھ

پرٛنِتھ شاہِ تارکھ پَنُنے زُو

---

صاحب جُو: خوہ دا ے

(۷۸)

یاوَنہٕ میٛانہِ ہو مَتہِ ہَرنو

دوہ نٕدٕہ کُنُھ کلمَے پَرنَے اوے

پانٔژھ وکھ نمازٕہ پھَیو کرنو

اَدٕہ کُنُھ کارا کرنَے اوے

جاے چھَے ترِٛژھ، ییٚتھ دآرنٕتہٕ برنو

تَتہِ مو ٹِچھ گرٕہ بَرنَے اوے

---

ٹچھ گرٕہ: دوزخ

(۷۹)

کاریم کرَن ، نماز گُذارن
نزہ تم ییتھ سمسارس زاے
ژکھ لاگنیہ یم پالنےَ کرَن
پیٹھ ییکھ ئڈ راہکاے
نارہ بمہِ نژن ، نارہ بمہِ دوہ برن
توٗک فاعض دیکھ پانہٕ خوہ دلے

---

نزہ : ژکھ لاگنے : زمینس یوجرہ موکھہ ژکھ تراوِنۍ
یمہ : یعنی یمہ عملہ عشقی فاعض : اجر ، موٗزوری۔

(۸۰)

وَنَن سرگال، واندر آسَن
گوٗ پھَن گگر برن واس
پانٛژھ وکھ یم اَننہٕ مَل کاسَن
نِشہ بازَن آسَن، تمِ خاص

---

سرگال: شال     واس: جاے     اَننہٕ مَل: أندٕری مَل

(۸۱)

بندو مۆ ماز دَنَن نۆ دِیارَن

خۄے تھاو ژورَن یارن سیتۍ

پانژو نمازِ پُرِتھ مو مارَن

نَتہٕ بَتہٕ دیبان لگن کیتۍ

کوٹہٕ رابَن تہٕ مَرسنکارن

کرتو نظرا یمہٕ کوٚت وتۍ

دیبان: دیوان، عدالت (مطلب تہٕ قیمت...) [illegible] (مطلب خانگیٖ)، مُودی،
مرسنکار: غدّار

(۸۲)

گُل گِیی بَرِہ اَتھ یاون تھرے
تُل کھوٚتے نرٛگھ تہٕ زیوُنٛتھ کیاٚت
بُل گِیی پانٛژھ وکھ لوٚگُھ بانٛژرے
فُل چھُے پٔاراں کرواتہٕ تہٕ کیاٚت

(٨٣)

آدنہٕ کھوژُس وُضوس نہٕ سرالس

تام نادالس دآرِ گیہِ چھُژِی

سۄنبرِتھ دِتُم ڈۄسلِسنہٕ چھالس

ینتھ اَسمانس کھآرِم میٚژی

چھان یلہِ وسم ینتھ ژ۪نڈِکس تالس

کُنسی پانس کرہٕم یَژِی

ژرٛاوِتھ ینم اند میدانس

تلہٕ آسہِ مژی نہٕ پتھہِ آسہِ مژی



یژی: ہمہٕ تم

(۸۴)

آدَن پھیوٗرُس ڈوٗرِن نٕہ ڈارَن

ساَرٕ وآتش گیٚمَ خارَن سیٚتۍ

وُدی کوٗنٕہ رُودُس ژوٗنٕہ فٲنۍ پیٛارَن

دۄہٕ لیکھِہ ہٕنٛم سِتارَن سیٚتۍ

---

وُدی: ہُشار، بیدار ژوٗن پیٛارَن: ژوٗن پہرَن (راتُک ہِندۍ ژور پہر چھیہٕ مطلب)

(۸۵)

کُنھ ییہِ ژٕ یہٕ کُن بے غرضیے
کس آسہِ دِلس نِنیُھ وُسعت
جنتِکہ طمہہ تہٕ دوزخنِہ بیٚے
دَیہ چھی کران عبادت

(۸۶)

توش بندٕ نمازٕ بیہ رمضانس

تی ہو لگہ یوٗ پانس ستۍ

ہوش کر پننس دینِ ایمانس

نتہٕ ژُلہ نَے شیطانس ستۍ

(۸۷)

مُندِس دارُو، دأدِس سُکٕری

سُکرَے کَرکھ تہٕ مَرکھ نہٕ زانہٕ

سُکرے کرکھ نہٕ، کَرکھ اکٕری

دُکرَے گرٛھک نہٕ بَلکھ نہٕ زانہٕ

شوٗنہٕ وُن بالہٕ پان رَسہٕ رَسہٕ تکٕری

مکرے کرکھ نہٕ ووہ برکھ نہ زانہٕ

---

مُندِس : بیمارس　　دارُو : دوا، علاج　　سُکٕر : فاقہ (ل تزمی)



سَرفَس ژٲلِ زِ اَستَس کھنڈس

سِہَس ژٲلِ زِ کرٛوٗہس تام

دین دارس ژٲلِ زِ وٕہَرس کھنڈس

موٗنس ژٲلِ زِنہٕ اَچھ موٗہَس تام۔

(۸۹)

مۄت چھُے سہہ نہٕ کوٗتوٗ ژٲلی زے
کھبلہِ منٛزٕ کَڈِی ژٲرِ نھ کُنھ
مۄت چھُے شرٛپ، چلینٕ رُوس نہٕ بٲلزے
سُلہِ کوٕ نہٕ گیا کھ گاٲنھ کُنھ

کُنھ : کانٛہہ اکھ ۔ (کینٛہہ چھہ گوڈنکہِ "کُنھ" بدلہ کٹھ تہٕ دوٚیمہ کُنھ بدلہ رَٹھ لیکھان)

(۹۰)

آدم آسِتھ لو گُتھ نَرو
گِندان سُورُے دوہ تہٕ راتھ
مَرُن مشرِتھ، سَپُنکھ غرّو
کیاہ کرہ، کیاہ کرہٕ، ژُوٗلے نہٕ زاتھ

---

غرّہ: غافل، مغرور    ژاتھ: زِنہہ دکینہ چھِہ لِکھان

(۹۱)

اُڈۍ جَن سَپنِن اَنْجرٕ پَنْجرو
ژٕ ہتَس پاوَے اَولِم راتھ
پانَس چیاےٚ لِس گرِٚشہ ذَرٕ ذرّو
کیاہ کرٕ، کیاہ کرٕ، ژوٚلُے نٕ زاتھ

(۹۲)

یَس اوِرہ یمُن یور وَتے
تَس ہے عالم وَدِہ، لَسِہ مو
ڈاین گزَن تَل یسُ ژَسے
سُہ ہے ولی آسِہ، کھَسِہ مو

---

یمُن : یم ، عزرائیل

(۹۳)

کیا تگہِ موٗنَس تہٕ موٗنہٕ کٮ۪ن کانَن
کمن جوانَن ، چھانگرٕ پیٚیہِ
پونی زَن شرٕ پے نوٗن بانَن
وآنی دِتھ وانَن، پھالوَ گیٚیہِ

---

موٗنہٕ کٮ۪ن کانن : کنہ چھیہ " مرنہ کٮ۪ن ؤکانن " لیکھان

(٩٧)

اَسہ بۄ وۄنھ یم آیہٖ، تمۆ یۆژ تیٚہ

چھونہٕ دَپہٕ دپہٕ منٛنزٕ حاصل کیاٚت

مَرسَن چھُم یُوٚت کیاہ ترپہٕ ترٛپہٕ

گاٗسِل سۄ مبرُم، واٗرِصل کیاٚن

---

یۆژ : گور، یۆژھک

(۹۵)

ہارس نِندر پیَم یامتھ پوٚہ گوم

کارس دوٚہ ہ آم نہٕ گژھنہٕ اکھ

تیلِ پیوٚم ژہ بشَ ہیلہِ وُنھن کوٚہ گوم

پَتےٚ آم یمُن نہٕ دوٚہ پنم پکھ

(۹۶)

دُنیہِس آیے بأجی بأجی
سِئمت کرَو بأجی بٹھ
ژ یہٗ بڑو نٹھِہ گیی مول نۂ مأجی
کأژا گمٕژ پھَے وأنج وَٹھ

---

وَٹھ : کئنۍ ، سنگ

(۹۷)

راج کوٚر سِکندرِ تاج دارَن
تِمۍ کُنھ مال نِیُو رٲنِٛم سیتھۍ
دِل دِنہٕ ژھوٚنڈِ دہ نیلہٕ مزارَن
اَسہِ بڑوُنٹھ اَسہِ ہِی گٲمتۍ کیتھۍ

---

رٲنِٛم : راتھ، سفر خرچ    نیلہٕ مزار : سرسبز مزار

(۹۸)

نَلہٕ چھُے زِیُس تَے پٹھٕ چھُک نَژان
وَنتہٕ مالہٕ، وٕ ہ نٕدہٕ کتھٕ ژَران چھُے
عذابِ قبرَس کونہٕ چھُک کھوژان
دَپنہٕ مالہٕ، اَن کِنہٕ روژان چھُے

---

زیُس : چاہ، قبر　　اَن : غذا　　روژان : ہضم گژھان

۹۹

صاعجبو، کیٛنہہ گیہِ چپّانے ویرے

کیٛنہہ گیہِ زیرے اکِہ گمُراہ

کیٛنژَن قبرِ چھَے پوش زن شیرے

کیٛنژَن قبرِ چھَے سِیَہ چاہ

(۱۰۰)

سُے اوس نہٕ سُے ہو آسی
سُے سُے کرٕی زے بَنہٕ
سُے سآری اندیشہ کاسی
ہو زُوو پایس پینہٕ

(۱۰۱)

کھیمہٕ کھیمَے بَڈٕ نو رِیی
وٲہی زُو و رِینٛتُے کھیبٕنہٕ
بأژ آسی رِتم کوٚت گیی
ہو زُو و پایس پیٚتہٕ

۱۰۲

کنٛدِ کوٚرُتھ میٚونُے میٚونُے

کیٛنہہ دِتُھ نہٕ تُہنٛزرہ وَتہٕ

ژٕہ نہٕ کآسِہ مُہنٛد، کانٛہہ نوٚچیٚونُے

ہو زُوو پا ییس پیتہٕ

(۱۰۳)

کٲلؠ ترٛاوَنے اَنٛد مٲ دانَس

نوٗت سٕتھی کانٛہہ وَسی نَنٕہ

نَنِہ پیتٕرُن چھے پأنی پانَس

ہوٗ زُو پابیس پیتٕہ

(۱۰۷)

آنگن ناد کران چھوہ ہُونُو

بابو میہٕ کُن تہُ بشُنی تو

یُی بتہٕ ووٚتہٕ تمی نتہٕ لُونو

ہُون چھُوہٕ کران، وَو باوَو

١٠٥

فیرٲدران سر کینٛہہ میوٕ نوٗ

یور کِمیُتھ کینٛژھا سیٖتی ٲنی تو

مٲ بَتہٕ کرٕژٕرَس ماز میٖنہٕ چھوٚ نو

ہوٗن چھُوہ کرانہٕ وو َباوو

(۱۰۶)

نَتہٕ یَلہِ دفترٕہن وِپژھنو
اَسی اَیِنہ یَکُن کیتھہ کھٕتو
شُنُو لوگُنہ سِی چھُہ پینر نو
ہُون چھُہ کراں، وَو باوَو
پاپ تہٕ پُن ہن نَتہٕ تولنو
بابو نَتہٕ کُے پاے کری تو
لگہِ وو ہُر کینہٕ گژھہ ووچھُو نو
ہُون چھُہ کراں، وَو باوَو

(۱۰۷)

صاحب دوہ ہہ اکہ دَو راہ کرے
تَیتھ سمسارس کِرہ لِرہ پار
زمین تہٕ اَسمان پٔتن چَھرِہ چھرے
نہ گرہس انصاف، نَہ بیس عار

چَھرِہ چَھرے: چھاچَھل دِکنہٕ چکِھ بیٚنِہ تَہٕ آسمان پھُٹہٕ پھُٹہٕ گرے

(۱۰۸)

تَتہِ کیہہ کرِ کھ روزِ محشرس

خاصن تہٕ عامن آسہِ تلواس

گبرن پلزن نہٕ ماأل تتھ قہرس

مُرسل تہ بنی تَتہِ کھیٚن تراس

---

رٛنُورِم مصرہِ چھُہ ینہٕ یآ عہ ڈھی تہٕ : صبرِ دوزہ یِہٕ صابرَن تِم کھیٚن تراس

## ١٠٩

کنہ دیوٚہ ہرنہ ژھالہ چھُک نِوان

چھےَ نو ژہتس مَرنِۍ گرٕی

مێژرِ تل وَسکھ کوٚہِ چھُک چھِوان

کتھ کرِژھ لٲژتھ وفہ گنٕی لٲرٕی

پَتھ برٛونٛٹھ سِنَے حساب ہیوان

جواب تَتھ دِکھ کیمُوٗ تھٲرٕی

(۱۱۰)

آدَنہٕ بہٕ کرٕکھ تہٕ آدٕہ نہٕ ننگی
آدَنہٕ بہٕ کرَکھ تہٕ لگی سیتۍ
رِیم پھَل وَوَکھ چھٕنۍ کھو زگی
رِتم تَنہٕ آخر تس لو نکھ کینۍ

۱۱۱

ہو زُوِہ مہانے گُلِ انارو
چھی شُوبَل گُلُو تہٕ رٕنبہٕ وُنہِ مۄژھ
یم یَلہٕ درزِم دوزخنہٕ نارو
اَدٕہ کیا کرِہ تہٕ اَدٕہ کوٚت گرِٛژھ

۱۱۲

پانو بہِ دوہہ دوزخ تاوَن
بدکارن پکہٕ تاوَن توٚت
پننی گوہ ناہ پانے پاوَن
تَتہِ مادَ پہم زاس کنھ کیُٹ؟

۱۱۳

تَوٕ ناوٕ سُور گرٛشہ کوٚہن نٕہ بالن
نافرمانَن تراوَن یوٚت
جنَنَس جَنتِی آسن چھاوَن
نَتہٕ ما دَپہم زاس کنہٕ کیٚت ؟

(۱۱۴)

سُے ژالہِ نبٕند، یُٔمۍ دوو بیٚو لوُ
ژارتھ کڈٕ بس، ہاہٕہ کأنۍ
سوٚنہٕ یُٔمۍ دٕوونہٕ ہٲردہٕ ہُٕتۍ توٗلوُ
لاگتھ جنتَس ژاووآنۍ

---

ہاہٕہ کأنۍ: کچھ      وآنۍ: دوونۍ، بابأری

(۱۱۵)

کوٚنگ چھُے گاسہٕ زٕبین سوٗ با

سوٚرگے گرٛھی نہٕ گرٛے کر

سوٚرگس بَرٕ پیٹھ دَرَخ طوٗ با

سُہ ہٕبا سوٚرگُک گوٗ اشر

سوٗ با : کینٛہہ چھہِ سوٗ نالِکھان۔ دَرَخ طوٗبا : درخت طوبیٰ گواشر : گاش دِوَن

(۱۱۶)

مُولن تَل چھُس بوٗڈ ناگہٕ رادا

دوہ دہٕ رنگ تہٕ امرِتہٕ ترٛ

کرٛشنہٕ بوٚیکھ، اَسَن وادا

دَرشَنہٕ کا سبکھ، دوہ پنٕچ نھٔر

---

ترٛ : تاثیر    کرٛشنُ : کرٛیشنُ    بوٚیکھ : بوٚ ویکھ، وۄنہ یدٕ بیکھ

اَسَن وادو : خوشی

(۱۱۷)

آدم بَلہِ وَوہ پزوُون سوہ باوِہ

پَوِ نِہ تِہ پانِہ ، نارِہ میژرے

انب آدر بَلہِ پھُٹِتھ سُہ ڈراوِہ

ڈوُپُن یہ دُنیا رٹَن کَمہ ژھے

قنِدِ بلہِ کاے بیہ وَرزِ نِہ واوِہ

رِیتھُے اوس بیہ تیتھُے موہ ژے

---

وہ پزوُون : بآہ وکوُّن   پَوِ نِہ تِہ پانِہ : واوہ تِہ آبہ   انب! در:

(۱۱۸)

آدم دۄ پدۄ وۄن یَنہٕ میٚژرے

میٚژرِ ہُند سوٗرُے گرۄٹھ مٔنٛز

ساریٚی بیٚامٔژرٕ دۄ پدان میٚژرے

زَنان میٚژرِ دِبن یانَ کنٛز

زُدژَلہِ نیرِتھ موٚر موٗژِ میٚژرے

میٚژرِ سیٚتی میٚژر گرِتھ میلِتھ کنٛز؟

---

میٚژرِ سیٚتی میٚژر: یعنے میٚژرِ سیٚتی موٚرلِنہٕ سیٚتی موہ کلیوہ انسان ہیکیا زہٕ ژھُس باقی یتھی چھہ حساب۔

(١١٩)

غآفلہٕ نیٚلہٕ گرٛشھک حآ راسَن

بَلہٕ نھکی دٕہہَ پانکُ پرٕ ہ

کیا کرِہ بَل وِنِش شیطانس

بمی ہیبُت سارِہ جہانکُ پرٕ ہ

---

پرٕہ ۔ لگ نتھ

(۱۲۰)

تندرُستی چھےَ نغمٕژَہ ساسا
کاسہٕ چھےُ فرشاشُکر کر
کرٕژے تہٕ کارن بوجن اُلاسا
ٹِگہ یے تہٕ راتھ دوہ خوداے سَر

---

بوجن: کھین چین
اُلاسا: پوٚشاک، پاٚرُن شیرُن

(١٢١)

دُنیا دِتھ گو دُنیا دارَن

مارٕ مو دِیٚارن، پٕلیکُ راوی

مُژٕرِتھ زینَن، یِم دَے گارَن

پیٚیِ نارَن ءٕ تٕرَن ناوی

---

پٕلیکُ : جنٛدُک    مُژٕ : نفع، مٕوزوٗری

۱۲۲

کنہ بوٗ مَرگہِ گرٛبن کھسکھ
کنہ بوٗ وَسکھ نَدِہ ناوی
کأنؠ سنگرِہ شین تَن ژسکھ
اَدِہ مأنز لگکھ تَرِہ تاوی
یوٗرِہ یُدپکھ، توٗرِہ اَدِہ لَسکھ
ننہِ ہو کورٕ مُنٛنے راوی
بالہِ پان راوِہ رکھ، بجُرڈسکھ
لورِہ روٗس اَنہ وَتھ کسُ ہاوی

یوٗرِہ: جبالہِ، سوٗنچہ "کینہ چھہ لیکھان "یوٗرِہ سِیٛد پکھ""

(١٢٣)

دٲرِ چیأنی کرٕہنی، دارِ چیٚون نوٚویو

یَلہٕ ژٕ نیٚہ اوسُے یاو نُن مَنٛھ

کونگم کھلسَ بنگہ کمۍ وۆدیو

واشَ تہٕ گبوَس مِلوُے دَنٛھ

لوُ بہٕ وُچھنَس، روٚٹ کسُ ہیٚویو

رآویو مشر بازارس وَتھ

---

دار: دیہہ، بدن    منٛھ: مستی، چکہ چاو    روٚٹ: ٹھاک، وَتہٕ نا آشی

١٢٧

اَتھہٕ کھوٗر ژھچام، اَتھہٕ کوٗنژھ لوٗگُم؟

چھوہ نہٕ کَنہٕ کران، گوس شرمسار

نہ کاَنسہِ دِژام، نہ کاَنسہِ زوٗگُم

سمار زوٗنم، میٚیہ شوٗنی کار

---

ژھچام: ژھچایم     کوٗنژھ: کسُ     شوٗنی کار: بے حقیقت

(۱۲۵)

دانِدَس وَنِزہ پھلہٕ، گاسہٕ پالنَس
سونٛتہٕ اَدِہ گُنڈُسَن یی پوٚٹ
بہہٕ نہٕ نھٔرِ پیٹھ نارہٕ لو وزالنَس
ہیٚیہ لَرٕ کُلنَس نہٕ مُرسَن ہوٚٹ
یِکِہ نَتہٕ اَدِہ سَن ژٔ کِہ وانہٕ لاگنَس
لال نہٕ آدرِتھ کرسَن گوٚٹ
مکھ شرٔ کہٕ سیٚتن پوس پَتہٕ والنَس
بٔرم کنٛدِہ برِکھ چھُ سمسار ژھوٚٹ

(۱۲۶)

دُنِیہکس ئُنِس مُنِس نارَس
ڈیشِتھ انارس کرٕم گتھ
شیطان نشہ لاعِجم تِرِچھ یارس
راءِم نارس، ژورَس وَتھ
ناحقہٕ یوٗرُم برٕم سمسارس
زِنِتھ کم بارَس گیٚم لَتھ

۱۲۷

شیطٲنۍ لُشی لأجم پیٛژِ بارَس

میٚہ رٲو تارس ژٕورس وتھ

سخفہ بٕرٛم بٕرٛم پتھ بازارس

نہ پتھ سمسارس گیُم لتھ

۱۲۸

آیاس سوداکرٕہ یَتھ دارَس
وَتہٕ لۄگُس بازارس کیتھ
وُچھنہٕ کِنھہٕ ژٕ چُم پۄشہٕ خنہٕ کارس
کیازِ یوٗنُم سمسارَس زیتھ؟

١٢٩

کُن کِتھٕ نہٕ دِرٛژوم مرِس نہٕ یارس
کُس رَچِھہ تَش خندہ کارس ژٕبھ
پُن چِھم میٖنی تہٕ پاپ اثبارس
کیا زِ یُو نُم سمسارس زٕبخہ؟

(۱۳۰)

لوُوم داوژ ھِینِم موختہ ہارس
کارس گیم تارس وۆنِتھ
زندے مۆر ہیوم ییٚنہِ اَنْدکارس
کیا زِ یوٗ نُم سمسارس زنِتھ؟

---

وۆنِتھ : ؟

۱۳۱

آدٕ پئج کرٕتے نہٕ کاٗنن وہِہ گوم

تتہٕ پنہاںٔس ہیٚژم نہٕ سکھ

ژیوٗنم نہٕ کرتام مُنٛدِس دہِہ گوم

ژیوٗنم تہٕ ژٕ ینٛتھ بُجِم ماکھ

(١٣٢)

کزل کمیٔ باکۆرنم نوٗرس
لزل ژوٗرس وُچھم ژھاے
زالس آسِنھ اُچھ کِتھِ موٗرس
سہہ چھُم شالِہ مکھی کرِ نھ ماے

لزل : شرمندہ کرِہ وُمِیٖن

(١٣٣)

یِنٛ گٲ تہٕ گژھنٛ گٲ
لَرِہ تل میٛژ تہٕ وُرِنٛ میٛژ
لٲدِتھ ژٲنِتھ ووٕ گِنٛ لٲ
کٲلہِ ہےَ مَرکھ تہٕ یِہ کس کیٛژ؟

(۱۳۸)

خانَن ہندِبن یِمَن روٕپہ خانَن
جانن دَپان اَپاآری گرٛژھ
سوٚ ندرٕ وُچھمکھ ہرَوکھ ناوَن
ژَمروٚ سیٚتھن ڈُوان لرٛژھ
نتَنِ مالِہ ڈیٚٹھم کیٚسَ لوٚون
نصرٕ، مبٔہ وُچھ تٔہ ژٕہ وُچھنہٕ گرٛژھ

(۱۳۵)

لَر اَژِم آنٛد مآدانس

اَنٛدی اَنٛدی کرمَس ٹیکِیہ نٕہ گَتھ

لَر روزِہ یُتھی تَے بہٕ گرٛھِہ پانَس

وونی گرٛھِہ وانَس پھالَو دِتھ

ٹیکِیہ نہ گَتھ: ڈٕیہ ڈاٹہٕ

۱۳۶

نفسی کرٕم آدَل تہٕ وَدَل
نفسی کرٕم زَدَل ژھیٚو
نفسی لوٗرِم کرِٕیہٕ ہُنٛدٕ کدل
نفسی شیطان وَدَل گیٚو

۱۳۷

نَفسی میوٗن چھُے مدٕہ ہوٗس تُہٕ
اُمی ہُسی مۄنگنَم کوتاہ بَل
ساسَن منزٕ چھُے اَکھا لوٚس تُہٕ
نَتہٕ اُمی ہیٚتھ نَم سآرِی تَل

---

بل [illegible] لوٚسنہٕ زنہٕ، آزاد

۱۳۸

نفسے میانے ژیرِ وِ اگو
دِژِمے دگو پھوٗ لہم نہٕ زانھ
پانے میانے ہتھ من شوٗڈھو
پاپ چھی پوٗڈھانِ وِین کھورانھ

(۱۳۹)

نفِسی مورُس تہٕ واے
گَگٕٹے دُمٕ رُو کھٹِتھ
اَتھِہ ییہِ ہٕم نہٕ کیاے
مٕٹَتھ ژھنہٕس تل کرٕ

---

کیاے : ییلہِ کیا اوس ونُن۔

۱۴۰

نفس دٕنکھ اورے میٖنتھ
گگرٕ کھے زٕینتھ، کرِ کھ نہٕ فوت
دَم دِیُو حقس، لال زہ زِینتھ
نَتہ چھُے کلُّ نَفْسٍ ذَائِقَۃُ الْمَوت

لال زہ: بیس جایہ چھُ "لعل زن"
تہٕ نفس: کأشرِ پأٹھی گرٕژھہ یہ پیٚغمہ پأٹھی پران "کُل نفس ذائقۃ موت"

(۱۷۱)

بسُ ییٚتھ واوِہ ہالہِ ژۄنگا زالے
نَلہِ کنہِ زالس علم نہ دین
کۄ کتھ ترٛاوِتھ ہا سۄ کتھ پالے
کُل علم چھُے الف ہا لام ہا میم ہا شین

۱۶۲

علم چھُے صوٚندقس سوٚن زن تھاوُن

سأدٕ سُند سودا پکہٕ باوَے

سودٕ ہکُ مُژ چھُے پوٚز پوٚز باوُن

ایمان ژ ونگ چھُے رَچھہٕ واوَے

---

سأد : نیک (ایماندار دوکاندار) باو : موٚل ، نرخ

(۱۷۳)

دانش مند چھُے امرِ ہتہٕ گوٚرُو

پھیُور پھیُور آسی تَس پٔشیان

برٛونٛھٹہٕ کَنہٕ تھاوِتھ کتابہٕ لَرُو

وُچھی وُچھی موِیہٕ تہٕ موِیہٕ ٹاپنٛچہٕ راں

اَزُن ہیتہٕ تہٕ اَندرہٕ ژھوٚرُو

پرَس پرُن تہٕ مَشُن پان

---

ٹاپنٛچہٕ راں : فضول بحث کراں ۔ کتابہٕ وول چھُہ اتھ یہ ترجمہ کراں : دم بدم بیبند چو بکشاید زبان ۔

(۱۴۴)

یِم پالن نَتہٕ علما پَرَن

پُہۍ لد لالن گاش کیتھ آسِہ

گَژھِہ سۄتھۍ وَلَن ہَچہٕ منہٕ دوَرَن

سۄہ ندرن سۄتھین مِتن ژیتھ آسِہ

(۱۴۵)

علماہ پۆر وو ووہ پھٕ کے ہوَسے
ژَھلَس چھوٕ زاگان اَکِس اکھ
پِھو چھوٕ آمٕتی میبِٹھ تہٕ مَسے
پۆژھ لۆژھ ڈبِشتھ پِوان ژَکھ
کوٕہ چھوٕ گُمانہٕ أسی چھہٕ خاصَے
تِنہٕ نو موہ کِلو ساسہٕ مِثرٕہ اکھ

ووہ پھٕ : دنیاہُک ضمت    پِھو : بزُت

١٨٦

وۄچھ بَنہٕ أنی ووٚاٲنی ووٚلوٚ کھرے

وۄچھ بَنہٕ بکھرے گگھہ گگھہ چیاٚنگ

وۄچھ بَنہٕ کھیاٚ وَملہٕ سنٛزٕ کوٚ کرے

نَمہٕ نہٕ مالہٕ پرے شوٚنگی ژھی بانگ

(۱۸۷)

بٔنبرَے شوٗبِلی، اَندرٕ شوٗمی

منٛبرَن کھسَن تہٕ کرٕی کرٕی کار

مَلَے دیٖژھ تہٕ مولوی رومیؒ

نَتہٕ ملہٕ ڈیشتھ، استغفار

(۱۴۸)

مَلَن ہَنگہٕ پھٲتی کیاشُباۤلی

پکان اَلِتھ دٕ لِتھ کیتھ

کھوٚرَن کوٗنش نہٕ کأسِم ناۤلی

کرِتھ تُلی ترکہ ٹھُکلی ہیتھ

بس رُوزی سِرہٕ سنِگری باۤلی

سہٕ رُوزی مَلَن دعوت کیتھ

شباۤلی : شتوٗبٕہٕ ذٕ    کوٗنش : زری کھوٚربانہٕ    کأسِم : جوٚعہٕ

(١٧٩)

پٔژی پٔژی تھاوَن ژٔژی تمِ اَنہٕ نی

کٔنہِ پَچ کل اَدہٕ وانَن آسہِ

لٔدی لٔدی لرِہ اسمانَن ژھٔنہٕ نی

سور بَنہِ دُنیا زانَن آسہِ

آخرت ترٲوِتھ پانٕژَن دَنہٕ نی

یِتھ بدمُج جیوانَن آسہِ

---

آسہِ = آسہ (زٕدری بہ تصرّفِ شعر) پانٕژَن : [illegible] کٔرنہٕ یار

بدمُج : بے فلأزی ، عقلِ بد۔

(۱۵۰)

پَران پَران زبوٕ تال پھٔجِم وو

لیکھان لیکھان اَنٛگجِہٕ نیٖ واے

نوٚٹھِو نہٕ دُنیہٕچ کل بَدٕ زٔجِم وو

وِہ ندسی نہٕ لجٔم ووفکرتہٕ داے

نوٚٹکھ: زٕہہ، ژھی سے چھپہٕ خبر

(۱۵۱)

پَران پَران زِؠو تال پھُٹج یو
نش کرِتھ کرٛے کاٹھۂ شُئج نوزات
تسبیحہِ پھِران اوٚنگجے گَژٕ یو
بوٚہ یہ لدٕسی بوٚہ ےژٕج نوزات

(١٥٢)

پَران پَران خٲلی پَرٕ گیٚوٚ

خرٕ گیہِ کنا بہٕ بآڑی ہیٚنتھ

یِم دِلہِ نیٚشَن باخبر گیٚیہٕ

تِم نَرٕ گیہِ تارہٕ ترِتھ کیٚنتھ

---

تٕ مطلب مرکٲنی کیٚتہٕ [illegible] [illegible] موزوٗن

(۱۵۳)

پَران پَران پالُن مۆٹھ مو
لیکھان لیکھان زِبُو ٹھُم دِل
ذکرے سِتیٖن مولا ٹۆٹھ مو
فکرے سِتیٖن دۆچھ مو شِل

---

ٹۆٹھ مو : ٹۆٹھیوم

۱۵۴

کن تھو شرٕوکھن بہہ پنچ سُورن
دوہہ اکہ نہ یو حُورن منز
ظالمن زالن نارہٕ وِن نورن
عالِمن جاے دِن قصُورن منز

شرٕوک : شلوک ، شیخ العالم سندی شار    تورُن : ؟

(۱۵۵)

اَتھ کُنٛدٕ پانَس مودِم رَنٛدو

امہِ سِتیٖ وۄنٛدٕ کٔل ووٚتھی نو

اَمہِ تٕسبیحٕ، عاصٕ نہٕ جنٛدو

امہِ پھنٛدہ سُہ اَتھِہ ییٖ نو

کُنٛدٕ: شہتیر

(۱۵۶)

کلکہِ گرہ گرہٕ رشی لاگن نٕہ

انہِ پأٹھر لاگن رِنش منگن

نِش بوٚدی أنِتھ وانہِ لاگن تٕہ

وَ وَن، مُٹھ، کپس تٕہ ان

نِہ کھیتھ نفس ژُورس اگن تٕہ

دوہہ دِہن لوسِتھ لگن وَن

آنہ پأٹھ: پانڈٕہ پأٹھر، پانگ اگرُن: اکنہ وَلنہٕ یُن؟

۱۵۷

ریشی آسی ئیتِم ریشی
مَن اوس پیٹھ ژندہ، ننگہِ تَن
منگِتھ کھارہَن وُشکہِ کسٕی
نیٖرہَن نہٕ پیتھ وَنَن

۱۵۸

کلکی ریشی کپٹ ریشی
یمن کھبنس سے گنُۓ غم
خاصن ھوَن نیشم نیشی
اکِس گگل تہٕ بیس کرٕم
نہٕ کھبتھ بلہٕ خوٗ داے مشی
ریٔش ہے یم تہٕ پتھ ژوُر کم

آخرزمانکی : کلکی　　　ایزی ریشی : کپٹ ریشی

(١٥٩)

رٕیش ہے رٕیشنٕ پالہَن

گوہ پھِن ژالہٕ ہن آشہِ ستی

رٕیشی چھِنہٕ رٕیشنٕ پالن

پان چھِی گالن رِشہِ ستی

۱۶۰

اوٚل ریشی احمدٕ ریشی

دوٚیم حضرتِ اُواَس رضہ آو

ترٛیُم ریشی زلکار ریشی

ژُورِم حضرت بِلاس رضہ آو

پوٛنژیُم ریشی رُمہٕ ریشی

شیُم حضرتِ میران آو

ستیمِس کوٚرہَم ہیش نادشی

بہٕ کسُ ریشی مبہٕ کیاٚ ناو

(۱۶۱)

عاشق سُہ یُس پاک رٔچھہ ملکن

لاشک حوٗرہ چھَس خدمژی

آہہ دۄہ شہ سِنٛی یُس لیۆدراوہ بدَن

مۄکھہ مۄکھہ وُچھہ لس تٔریتھ صُوزژی

سارِنٕی برٛونٛٹھ پٲوی جنتس لدَن

رتہٕ ہیم ہیتہٕ لولہٕ وُدِس یژی

وُدی: شب بیداری (اکثر چھہِ عام طور غلط پأٹھۍ "وَدَس" پران)

۱۶۲

عاشق سُے یُس عشقہٕ نارٕہ دٔزِے

سوٚن زن پرزلبس پننُے پان

عشقُن دودیٚس وانجہ سٔزِے

سُے اَدٕہ واتے لامکان

١٦٣

عشق چھےٚ ماجہِ کُن پوٚتھر مَرُن

سوے زوٚہ لہِ کرے نہٕ کٲنٛہہ

عشق چھےٚ گٕنہِ تُلرِہ بِیب بَرُن

سُہ ہٲے سو کھ برے نہٕ کٲنٛہہ

عشق چھےٚ تیٖز کٕرِ نجہِ ژنٛجہ دَرُن

سُہ ہٲے چھو کھ رزے نہٕ کٲنٛہہ

---

کٲژ بکِنہ پٲچھٕٹ

۱۶۴

لوٚلکِہ ووٚ کھلِہ وأنٛج پٔشِم

کوٚ کل ژٕجِم تہٕ بیوٚ ہُس رَسہ

پِشم تہٕ پِشم پاپش ژٕشِم

کوٚہٕ زانہٕ توٚہٕ سٍنی مَرہ کِنہٕ لَسہٕ

(۱۶۵)

ذکرے سیتھٕن پوٚرُم اللہ

فکرے سیتھٕن سینس کوٚلو

دلے یامنٛھَن سوٚرُم اللہ

بوٗزُم فَاَیْنَمَا تُوَلُّوا

(۱۶۶)

دِل پچھے گاڈ نہٕ ہوہ کھہٕ مو نزاوُن

ذکرہٕ ہُند پوٗز دِس، لَسہٕ یوٗ توٗ سے

لعل زان نفسی اَتھہٕ مو نژاوُن

صاحب پنُنے لَبہٕ ہَن اوَے

---

موکھہٕ : ہوٗ پھِرس      توٗسے : تِمی عہ سٕتی      اَکے : اِمی عہ سٕتی

(۱٦۷)

مو مازٕ پُوٗ ٹھِس مازَس تہٕ بدَنَس

دِ کُھ گُلُ گَر ٹِھہ پوٗ کابَس تَل

نٔصر بابہٕ لَے کرہِ وَنَس تہٕ وَدَنَس

حق اَدہٕ رَچھی سابَس تَل

(۱۶۸)

مُڈ بۄ ہکنٛدِہ اڑُو چٲلِس

کنٛتھِ کرٕ پَنٕنِس دِلَس ستیٚو

یُتھ نو شیطان پھَرِ یِ شٲلِس

اَدٕ تُلٕ نَے ابُو جہلس ستیٚو

مُڈ بۄ: کن پرٕو، نادان

(۱٦۹)

کٔژیہ مانتِھ چلہٕ وَرن
کَم دَرن نفس دُونٛدے
زٕہر کھێتھ تمَے آدَرن
یِم اَوٕہر کرن ہاکس نٕہ مَندے

۱۷۰

آنٛدوَن بنٛزِتھ تَیھ ژَرٕہ ما

اوٚہر کرٕہ ما کس نہٕ ہیٚندے

آمِشر ژکھ بُد پیَتھ کرٕہ ما

تی بُد کرٕہ ما مَرٕہ ما کٲندے

۱۷۱

کھِنہٕ کھِنہٕ سِتن کنہٕ نو بوزکھ

نَہ کھِنہٕ گژھک اَہنکارٕ ی

سوٗ مے کھِکھ نہ سوٗ مے روزکھ

سوٗم کھِنہٕ مُژرِنے سوٕ رگس ناٗ ری

(۱۷۲)

مِیٹھِ نہٕ مُدرے اَنِھی بَرن

پَرَن رٕنہٕ آوٕ سِتی رَجوان آسہ

کرُوٕدٕہ نہٕ دٕیہٕ پر کتھا بَرن

پیشوا تہندُے شیطان آسہ

---

اَنھی بَرن: یڈ بَرِتھ۔ پَرن: علم پرِتھ۔ رَجوان: ڈیڈیوَن۔ پرکتھا:

(۱۷۳)

کیا کرِ کیا کرِ ہٲنہٕ ہٲنہٕ دہہ گوم
پاپ گٔیم ژٔرٕی تہٕ کنٕتہٕ وہ برٕ
میوٗٹھ تہٕ موٚدُر کھیٚوی وہہٕ یوٚم
دَہ گوم پانَس ہارٕ کس کرٕ

(۱۷۴)

دوہ دتڑ آوِتھ یُس ژھوٚر پوٗنی مندے

سُے سمسارس کنُدے زاو

اوٚہَر کرٕ ہاو ہا کس نہٕ ہَندے

اَندٕ وَن بنِر تھ، تیٚسی ہاو

یِر نہٕ پان یُس ہِہُے وِندے

سُے بوٗہ ہَسندے ترِتھ دڑاو

(۱۷۵)

أچھَن وُنۍ، کٔنَن نۍ پیٚوم
زٕبوٚرِ میٚہ وَر گوم دٕپس کیاّ نۍ
دارسَرایہِ دِہ دُر گرِ گوم
ہایُک دِر گوم لَدَس کیاّ نۍ
دٕہلس پاپسَ ژٕ مرُو پٕر گوم
لایِل وِر گوم یِکس ساّنۍ

---

وُنۍ: دُنَل ہایُک: دٕہلس: (تیٚم مِصرٕ توٚرُم نہٕ فِکرِ ٥)

(۱۷۶)

ژالُن چھےُ وُزملہِ تہٕ ترٛٹوٗ

ژالُن چھےُ مندنین گٹہٕ کار

ژالُن چھےُ پان کڈُن گرٛیٹوٗ

ژالُن چھےُ کھیوٚن وُہت گار

ژالُن پرٕتبس کرنہٕ اکھوٗ

ژالُن منٛز اتھس ہیوٚن نار

(۱۷۷)

دمی ہَہ گوم ، دمی ہُہ گوم
دمی مُہہ گوم مُہنتھ نہٕ کینتھ
دمی اَکۍ قدم گُرٕہ گوم
دمی سہہ گوم سنتھ نہٕ کینتھ

(۱۷۸)

پِیہ لُوب، مَنمتھ مارَن تہٕ

نِمے ژالن تہٕ لاگن داس

سہزِیم صأحبس گارَن نہ

تِمے سورُے وبندن ساس

---

منمتھ ... سورُے ... تیٚ ناش ... (ناپائدار)

(۱۷۹)

نار گرِ ژھ زٕہُن نہٕ، گار گرِ ژھ ژٲپُن

اَہر گرِ ژھ کٹُن اُوپل ما کس نہٕ ہَنٛدے

حل گرِ ژھ دٹُن نہٕ مٕل گرِ ژھ والُن

پان گرِ ژھ تارُن، لَہوِ ہ سُبنٛدے

---

لہوِہ : طریقہٕ سان ؟ (لفظ ہٕیکہِ لوٗ ہ تہٕ آسِتھ)

(۱۸۰)

آدن سونتھ چھے، ژین اوّل نۂ
بڑ وۄنٹھی گرِ ہ رَٹ مالہ پَینُ تاو
یَنھ یُنتھ نہٕ گڑ ھک، سونتھ چھےٚ ژھَل نۂ
یُسے کرِہ گونگلُ، سُے کرِہ کرٛاو

(۱۸۱)

زیٹھَے فرضس کرٕ عمل تہٕ
ژیٹھا ہَرٕ دِنی کرِٕ تھ تھاو
میٹھے ماگس کرٕ توکل تہٕ
ییٚسے کرِہ گرہ نِگلُ، سُے کرِہ گرٛاو

(۱۸۲)

نفس چھُے ہگھر گنڈن آلس نۂ
فاقچہ مُورِ سنتیٔ لٔشؔ بیم ہاو
نۆ سکھر کری نٔتہِ الس تۂ
یُسُے کرِ گو بُگلُ ہاسُے کرِ کراو

(۱۸۳)

پھٹجن باگے کرِہ نا وِہ لَش تہٕ
تخمی تہٕ رسمی زگ چھوٗت ہاو
لُوٗنہٕ وِتھ، دِنہٕ وِتھ، تولہٕ ناوہ لَش تہٕ
یُسُے کرِہ گونگُل، سُے کرِہ کراو

(۱۸۷)

نٕو ر کِنتھِہ وُٹھک سبکے

آبہٕ وانِہ رکھے پکی نہٕ ناو

نِہ کسُ کأسِتھ ہمالہ ۂکے

یہ لأنٕ ڈبکے لبکھنہٕ آو

(۱۸۵)

رِیُوٗن کوٚرنَم کیاہ تام وعدا

پیٚوُن ییٚوُنَم آیتھ خط

کموان کموان کُوسِنم پادا

لزِل رِیُوُنَم آیَہ گتھ

---

رِیوٗن: ییٚنہٕ وِزہ   ییٚوُن: تھَئنہٕ ییٚنہٕ وِزہ   لزِل: شرمندگی

(کیٚنہہ چھہ یہِ شترُوک رٔنے دیٚدہِ کُن منسوب کران)

(۱۸۶)

دمہَے سوٗن نہٕ رۄپھِ زِیُوٗمُن

دوہَے لکُھ رُوٗدِم بندٕ گِبی

دوہے سُوٗم کیُٹھ نہٕ مِیُوٗمُن

پَتو زِیُوٗمُن شرمندٕ گیے

(۱۸۷)

مارِہ وُن تیر آم یَلہٖ، اَدِہ بلہٖ نو
زِنتھ رالہٖ فَلنے بَلہٖ آس مٚیثرہ
اَنتہٕ مَل نیرِ نہٕ کیا نیرِ چھَلہٕ نو
کاآلی ماتَلہٕ نَم تیلہٕ زن نوہ ژِہ

---

نوہ ژِہ : گاڈِہ (یہ چھُنہٕ نوہ ژھ یعنے ژم)

(۱۸۸)

هَرِبوٚ، منگن زُوٚتِ کیا بوٚزِ بِی

کٔنڈ بوٚ دوٚپ تَس آسَن شێٖ

زٕہ زٔنی بیچھا یہ سُودٕ دُکانس

سُوٚ سُوٚرکھ تٕہ پانَس گیٚی

---

گوٚہ ڈنگہ شاید کُہ لفظ ترُم نہ دارہ یا ڈھی فکرہ ۔ اُتھ چِھہ فارسی یا ڈھی یہ معنے وِتھ زِہ دوٚتن بیروان با جسد در دل رسید کہ روح را برائے چہ جا دادی، ومحبت ورزیدی ۔ جسد در دل جواب داد کہ خدا تعالیٰ روح در قالب من انداخت ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

(۱۸۹)

آدَنہٕ کوٚہ پرِیہٕ نٔی زوٗگمُ
ژھومُت لوٗگمُ پہلوان
زَنادُن ترأوِتھ اَرخہٕ رسوٚگمُ
مارخہٕ لوٚگمُ پتہٕ شیطان
دَہ باأژ ژھنتھ ستنٕی کنھ لوٚگم
تَی ڈیٛٹھ کوٚرُم، موٗرُم پان

(۱۹۰)

لُو بَرٕ یوُم ستنو روزٕ میٛترٕن
تتہٕ پیٚژِن پٕہ لُگہس کوت
بارٕن منز ژاس ہارٕن تہٕ شٔترٕن
گوم پیٚژَن سگ، مُولن دژوت
شوُب کیا ارزِم، لُوب دژم نیٚترٕن
پچایہ ساری تہٕ کانژہ اوت

---

ہارٕن : ہانژٕن     نیٚترٕن : اچھیٚن، لالنہ

(۱۹۱)

سنگرٕ لۆسَن کانٛگرِ ژھیٚوم

دانٛترِ پیوٗم نہٕ لدَس کیاہ تی؟

پھَل ڈیرٕ ترآوِتھ، مَل ڈیرٕ وِیٚوٗم

کل بد چھیوم دِین کیاہ وٗرآتی

سوٗن رۄپہٕ ترآوِتھ، سرٕنِل رٕیٚوٗم

کرٕنِل پھُٹرِم، گرٕیِ مَس درآتی

(١٩٢)

خُمَس تَلہٕ کَنہِ ہێژمَس ژاگے

اَشِمَس تہٕ گُمَس دِژُم ژھاںٹھو

رٕبابہٕ شُد گوم کنن کیٖا لاگے

کیاہ کَنہِ دِمے یَنہِ ناںٹھو

سۆزُس تہٕ سَمَس پۆژُس تہٕ راگے

شُہمس جێولس پنہِ گاںٹھو

(۱۹۳)

پیٛرِس بدٕس موٗلن داغ گوم

زاغ گومِ نیٖرِتھ باغہِ اندرَے

ہارِس تا پس، پوہ تے ماگھ گوم

پھاگ گوم نیٖرِتھ ہرَ بندرَے

---

پھاگ: [illegible]

(١٩٧)

گنبر ژٕکٕٹ کرٕان چھم کاوٕ
تیرٕہ چھَنم اَمبَر باوٕہ کس
ئٔری گوم گرُنہٕ وٕہ کھلِگیم ناوٕہ
بور گوم گوٚب تہٕ ترٕاوٕہ کس

گنبر؟ امبر۔ اَسمان ۔ امہ علاوہ چُھ "کاوہ" بدلہ بیٚیس نُسخس منز "گراوٕہ" لیکھت

(١٩٥)

وعدٕ یہ کوٚرتھ نہٕ کرٕ با
نہٕ کرٕ با یہ ژٕلِتھ پےٚ یی
اَنہٕ چھُپٕت نزٕو وُمتٕ خرٕ با
ئُندرمٕشرکو نگہٕ وار کھےٚ یی
نَنہٕ کسُ با دارِہ ٹھٔرٕ با
یَنہٕ ننٔس کرٕ تَل پے یی
مَرنہٕ برٕ وثھی پا ہہ مرٕ با
مٔرِنھ مرنبہ پےٚ یی

١٩٦

مَنَس کھٔے کاس ییتھ کاسِہ آنِس

تَوَہ زٕنِس سٕتی گرٛٹھی زان

تِل تِل کیا چھُے شرٛکہ بایِس

مرِس برونٛٹھ مرٕ ماشے چھُے گیان



زٕنِس : مطلب نحوہ دا

۱۹۷

آیوس وَتے نہٕ گیوس وَتے

سۄمنز سۄتھے لوسُم دوہ

وُچھُم چَنٛدس ہار نہٕ اَتے

اَتھ ناوہ تارس کیاہ دِمہ بو

(۱۹۸)

صاحب چھُ بِہنتھ سُودِہ دُکانَس

سأری چھِس منگان کینژھا رِدہ

رۆٹ نو کأنسہِ ہُندۍ رأچھ نو واسن

یہ ژیٚنہٕ گرٛٹھی نۍ نہٕ پانہٕ نہٕ

(۱۹۹)

لارُن گارُن "سُہ" بنتھ سمسارس

دوہ ہَہ اکِہ لعلس گرنز لگِہ ہار

سِیبوٕ بلِہ کرنی مہاکھ خوندٕ کارس

نارس سَیِنی آدٕہ گلُ زار

(۲۰۰)

کانَن تہندٕن دأری زِہ نٔہ سِیر

کرٕ تَجٕہ چھوہ کَن پھِری زٕبس نٔہ روے

بَلا بہ تہنٛزِ ہ وندی زٕبن لشکر

اَدِ ہ چھُے بَتِہ کیاوٕ نَتِہ اوبروے

(۲۰۱)

سُہ چھینہٕ وُچھان قیلس نہٕ فالس

سُہ چھےٚ وُچھان حالس کُن

ذکرے حق پرٕ ما زِہوٕ دِتھ تالَس

رازٕہ ہوٕ ثنزِ ییٖ ز الس کُن

قیل قال: ذِپہٕ دُپ، ما چھنہٕ کیٚنہہ

## ۲۰۲

رازہ ہیوٗنز اٰسِتھ سپُدکھ کوٚلُے

کُس تاں ژوٚلُے کیاہ تٔنٛز ہیتھ

ژَھل گو بَند نہٕ کھارِہ ہیوٚت گوٚلُے

گرٕٹہٕ وول ژوٚلُے ہٲرِوٕنۍ ہیتھ

---

کیاہ تٔنٛز : کیاہ تاں ہٲروٕنۍ : موٚژُوۍ ، پھل

(۲۰۳)

دَمہ دَمہِ کوٗرمس دَمَن ہالے
پرٛزلیوم ژوٗنگ تہٕ نَنیم ذات
اندریم گاش کِبتھہٕ نبَر ژالے
گٹہِ منٛز رٛوٗٹُم، تراوَن کیات

ژالے : ژلے — کیاتن ، کیا ، کیتھٕ کیٛنٛ

(۲۰۴)

کھورِہ رٕوستٕے جہازٕہ تورُم
مورُم مَدٕ لوُب تہٕ مُہ
سیٚدِہ وفہ ندٕہ زُٹہِ صاحب گورُم
اَدٕہ پرٕزٕ نوُم پننٕ رُح

۲۰۵

زٕرا ڈٕہ پُوشس دیُل اَزوتےُ
کھےیَس نہٕ گرُہ گپُن تہٕ گاو
سُہ یَلہِ شاہس شیرہ ووتےُ
سُہ اَزوتےُ دربٔنھٕ کَس آو

(۲۰۶)

ژٕوک تہٕ مۆدُر ٹیٹھ تہٕ زہر

خونِ جگر یُیہِ اہر کھیٚوٕ ٥

یُیہِ ییٚتھ پیٹھ گٔنڈ ژٕلہٕ تہٕ کہر

سُہ تنہٕ شہر گرِہٕت پیٚوٕ ٥

۲۰۷

دال گوم میلنئہ الفس نۂ جَبَس

اَمی جَبَن گۆرنَم بَبَس ناش

شش کل تۄپرم احدکس بَبَس۔

بیمہ رۄس احمدٕ لوٗگُم راش

شبہٕ وَن پھیورُس موہ یس موہ یس

اَدہِ پرٕموہ کلیوم نۂ گوٗڈُم واش

(۲۰۸)

ژھانجام بوَن ببہ شبن دِیش

نیب تہِ نشا ینہِ لوٗبس نہ ـــ

پڑ ژھام مَلہِ بابَن، نیَہ ریشن

نمِ لگی بوٗزی بوٗزی راوِہ ـــ

دَب یلہِ دِیوٗنمس فکِرہ، اندیش

اَدِہ سُے ڈیوٗنٹھم بہ ینہِ ـــ

(۲۰۹)

نفی اثبات صحی کوٗرُم

وحی کوٗرُم پننُ پان

وَجُود ترأ وِنہ موجود روٗٹھ

اَدِہ یہ و و نئسُ لامکان

---

نفی اثبات: صفات تہٕ ذات ، اکِہ پیٚنسِہ ژِگرنہِ ،

(۲۱۰)

بوٚہ بَبہٕ سنٛھ تہٕ شرم ترٛوٗوُم
سأرٕ وأنٛش چھوٕم اکہٕ آن نہٕ
سَہَزٕ زٕل چھوُم نیٛرِیہٕ نووُم
بہنٛھ سأل کوٗرُم اکہٕ آنٛسأن نہٕ

۲۱۱

سۂ میٚہ نیشے، بہٕ نَس نیشے
میٚہ نس نیشے، قرار آو
نخفۂ ژھونڈُم میٚہ پرٕ دیشے
پننے دیشے میٚہ یار آو

(۲۱۲)

بُس اوس نَتَ، سُے چھُے یَتَ
سُے چھُے پرٛنٛھ شایہِ رٔٹھ مکان
سُے چھُے پیٛادٕہ تہٕ سُے چھُے رٔتھ
سُے چھُے سوٗرے گرٛیُت پان

۲۱۳

کیا کرٕ پانٕژَن، دَہن تہٕ کھن

سُہ پانہٕ کھَن رِ دِتھی دڑا و

بُدٕ وَے ساٹرِی اکہٕ وَنہِ پکہٕ سَن

آدِہ کنہِ راوِ ہے کھن گاو

(۲۱۴)

سوُرُے پانَے وُچھان چھُے پانس

ذانس لَبہٕ نہٕ نِندٕرتہ کھٮن

یُمی نہٕ دٚیان کوٚر زٕنہٕ اَنہٕ گٚیانس

أسِن چھُ سُہُے راتھ کٚیا وُدن

(۲۱۵)

دِپن گاش ڈیُونٹھُم وَنہٕ کِتھہ گَٹہٕ
بَبرے لَنگس دِپہٕ سوٚ بِہ کاٹھ
دلکُ دروازٕہ کِتھہٕ مالِہ وَٹہٕ
سوٚ یَس کِتھہٕ دِمہٕ کاژُک واٹھ
خوٚدایے ڈیُونٹھُم کس مالہ کھٹہٕ
جانَس ستۍ چھُم جان سنگاٹھ

(۲۱۶)

آس تہِ سیٚوٗدُے گٔژھہ تہِ سیٚوٗدُے

سیٚدِس سیٚوٗد میٚہ کرِہم کیٚات

بٕہ تَس گیاس نِتی ویٚوٗدُے

ویٚدِس ویٚوٗد میہ کرِہم کیٚات

(٢١٧)

وٕنِھ واوس نن نٮ۪ی

سُہ نہٕ دوہا نصرو!

ژٕ ہٕنی نہٕ وُرنہٕ کھٔنی

سُہ نہٕ دوہا نصرو!

توٚن ووگرٕہ نہٕ سیٚنی پٔنی

سُہ نہٕ دوہا نصرو!

وُرٕہ بتہٕ نہٕ گاڈہ گٔنی

سُہ نہٕ دوہا نصرو!

(۲۱۸)

نہ روزِہ وَنِدِہ تہٕ نہٕ رٕنٛتہٕ کوٗلے

نَہ بولہٕ شۄرُو نہٕ پَتہٕ کوٚستوٗر

نہ روزِہ سوکھہٕ ساو، نہ ہُیبہ ہوٗلے

نَہ روزِہ دو ہَے سازہٕ سۄنظوٗر

سوکھہٕ ساو: خوشی، راحت　　ہُیبہ ہول: کرکِہ، تکلیف

(۲۱۹)

دَمِی ڈیُوٹھُم شبنم پیہوال

دَمِی ڈیُوٹھُم پیہوان سُور

دَمِی ڈیُوٹھُم گٹہ پچھ پیہوال

دَمِی ڈیُوٹھُم پھولہٕ وُن نُور

---

سُور: شینہ گرد

۲۲۰

دِمی ڈیٖنٛھٕم نَہ سوٗلہِ وُنیٖ

دِمی ڈیٖنٛھٕم سُم نَتہٕ تار

دِمی ڈیٖنٛھٕم تھٕر کھچوٗلہِ وُنیٖ

دِمی دیٖنٛھٕم گُل نَتہٕ خار

---

سوٗلہِ وُنِیٖ یتھ سُم رفتار دِینٛس نُسخن منٛز چھُ "بانہٕ چھِنیٖ" لیکھت

(۲۲۱)

دَمِی ڈیٚنٛٹھم دَزٕہ وٕنی گجی
دَمِی ڈیوٚنٛٹھُم دٕہ نٮ۪تہٕ ساس
دَمِی ڈیٚنٛٹھم پاٛنڈَو مآجی
دَمِی ڈیٚنٛٹھم کرٛآجی ماس

---

ساس : سۄر (سواس)

(۲۲۲)

بلبل پوشہ وارے گارَن

موٗ فُل گارَن ہُنی واس

سِہہ شال شِنی لابے گارَن

خرژھارَن گھُو لبد نۂ ساس

---

ہُنی واس: واآرانہٕ ہیتی　　رِنِنی لاے: جنگل　　ساس: ہُوٗ، کرژھ

٢٢٣

زٕرٕاڈَن مٔنٛز لال مو ڈولن

زالن مٔنٛز پنٛکھی بولن مو

سبکہِ لبن ینٛبرزَلہِ مو پھولن

کاژہِ وانَن موٕ ختہِ موٕ لن مو

---

پنٛکھی: جانور    سبکہِ لبن: کنٛہہ چھِیہ اُمہِ بدلہ شُرہِ لادن لکھان

(۲۲۸)

کھلُر دوہ دُک ساد کوہ زانے
بیبِڈ کیا زانہِ ناگرِی ہین
وانڈُر ژٔنڈنکُ نر کوِہ زانے
یمَ کوِہ زانے تام خوفن



کھلُر: نقلی دوُدھ  بیبِڈ: مانٛش  ناگرِین: پانہٕ وُنھرُس کھوان چھہ

(۲۲۵)

مُوڈِس گبانِچ کتھ نووٕزی نے
خَرس گور دِنہٕ راوِی ویل
سبکہِ شاٹھس ہَل نووی نے
کوم یا جن دِنہٕ راوی تیل

---

مُوڈِس : مُوڈھ، بے علم، نادان　　ویل : وقت

(۲۲۶)

ہٲنِس سٕتٕن ہَنتھ کَنتھٕ کرٕ زے

اَنٛ ہۄوت راوٕری ریٚتھ کیاوُ پچھ

بُس یُنھ کرِہ تہٕ نس نٕیُتھ کرٕ زے

”أں“ لَیہ پاٹزاہ ”ناآں“ لَیہ لچھ

---

گوڈنیک مصرعہ چھُ بیتھ پاٹھۍ تہٕ ”ہنتس سنتن ہنتھ کرٕ زے“

ہۄوت : باعمل اَن ہۄوت : بے عمل

۲۲۷

لعلہٕ قدر ڈُنگل زانے
پۆش کوہ زانے سۆنتھ پٹھ وَتھ
شہٕہ قدر لُش کوَہ زانے
مُش کوِہ زانے پوٚشرِ گتھ

(۲۲۸)

زِترٛسنِس ترٛٲی نک سوالس اَنِس
غرٕبے برٛونٛٹھ پَکہِ نٕنِس موے
زِترٛسنِس بَنٕدٕ رٕوٚشنُے دِنَس
غرٕبِس ہنٛد ہِنٛتھ پٕژن موے

زِترٛسنِس : دولتمندس ترٛٲی نک ؟؟

(۲۲۹)

غرِ بس گرِ ھان دوہ ہے ناشے
پئیٖنہٕ نفوان چھس رٲشی ناو
زاگنس نہٕ لاگنس والہِ دانشے
کیٚتھن اَہندِ اتھہِ گاشی آو
چھُہ کلمُک ناج نہٕ علمُک آشے
سُہ کس لگہ اَدِہ عاشی ناو
یُی کوٗر نتَ پتہٕ دہہ ناشے
نُی نتَ لوگُے اَوُشی ناو

---

دہہ ناش: مختلف ضمن دوہ ضایع
عاشی ناو: رشتہ دار
اَوُشے:
دہہ ناش: پان گالُن

٢٣٠

ژُھدیَس آسِہ نَس وُدکیا کری

ہُد ادہ ناید فری خہند

ژٕڈیَس آسِہ نَس کیٚشہ ماکھری

سُہ نہٕ ادٕہ کانٕژ فری خہند

---

یہ شرٗوک ووتھم پٕہ ہند کوٗرُم ہٕبہ نقل

(۲۳۱)

یگی بۆچھس نیرن دِزہ

تِمس کرِ بش زِنۍ کیا چھے ذات

ثواب ساسہ گُن پژاوی زِہ

یہ پاپ کرِ تھ حاصِل کیات؟

---

یگہ : اگر [illegible] (خبر لفظ ماآسہ ثو برن) [illegible] ثو ناہ گرِتھ [illegible]
مطلب چھُہ یہ زِہ بۆچھس تہ تِمس گرِتھ حاجت کڈُن، تِس سوال پیٚ رژھناوتھ

۲۳۲

کیا کرِہ تَنُند کرٔے نہٕ کارن
بَس بیس اَنھٕہ دارُن پیٚو

۲۳۳

ییرہ وٕنی وارٔس چیرٕ وٕنی ناوے
آولُن وَلمہٕ رِکنٕہ لگہٕ کُنہٕ بَٹھے ؟

(۲۳۴)

اور تھے وُچھہ ڈُون، گرِ ڈھہ ڈنگی
اور تھی منگی ہوُرِنس ہہنگ

(۲۳۵)

حق ترٲوِتھ مازِ بوس پَھتِس !
ئُنترِ ترٚکس آیم بٔرِیوٚ

---

اورنجھ : لاالجی، طماعہ

(۲۳۶)

کیا کرِ دنزِ روٗستُے ڈُوسِ

کیا کرِ اُسِن تیر کمان

کیا کرِ سوٗ نہٕ سُند وَستے ہُوسِ

کیا کرِ اَسِن شِلہ پَرمان

(۲۳۷)

رٔنز کیا کرےٚ سَتہٕ گنز پُرٛژے
کیا کرِہ نَنِہ ژٕھے، روٗنگ
گاٗنز کیا کرےٚ، تَسبیحہٕ رَژے
کیا کرِہ توٗہ ہَہ مٔرٛژے، پرٛہینگ

رُٔنز: موزُور زنان        نَتہٕ ژٕھے: نَش ژٔٹ        تَسبیحہٕ رَژے: رَژٕہ تسبیح
پرٛہینگ: پلنگ

(۲۳۸)

برونٛہ کالہٕ آسَن نِتھی کیرَن

ٹنگ ژونٛٹھ پیَن ژیرَن سیتیٚ

ماجہِ کورہٕ اَنِتھ واس کرِتھ نیرَن

دوہ دِہن برَن پرَدِہن سیتیٚ

---

ترٛیُم مِصرہ چھُہ یِتھہٕ پاٹھۍ تہٕ "ماج آسہِ اَتھہ رَچھ کوٗرِ ہیتھ نیرِان"۔

(۲۳۹)

گوٗرُ چھے مکٕز دِنی دِبو دارس
ژٕٹِھ کرٕبس گگنَے لأری

گوبُر چھُے نأزی بچِہ آخرس
لٔدِتھ پلنہٕ کری زٕہس سوأری

(٢٨٠)

کیٛنژَن رٕنۍ چھےَ شِہج بُونی
ییٚرَو ہبرَ شُہُل پیٚیی

کیٛنژَن رٕنۍ چھےَ بَرپیٹھ ہُونی
ییٚرَو ہبرَ نہٕ زنگ کھیٚیی

کیٛنژَن رٕنۍ چھےَ وَدَل وُنی
کیٛنژَن رٕنۍ چھےَ زَدَل ژھیٚیی

---

وَدل وُنی: کینٛہہ چھہ اَتھ "اَدَل تہٕ وَدَل" لیکھان۔

(۲۸۱)

کیٚژَن دِتھ یِتہٕ کیاُو نۄ ئےٚ

کیٚژَن یِتہٕ نِتہٕ نۄتےٚ کیا ہ

کیٚژَن دِتھ لاگ ترٛوٹےٚ

کیٚژَن گاشہِ منزٕ گوٚٹےٚ گا ہ

(۲۴۲)

کیٛنٛژَن دِ بُو تنھَم اورَے آ لو
کیٛنٛژَن راٗسی گیہ نا کے وٕتھ
کیٛنٛژَن مَس چینٛتھ، اُچھ لجِہ تالو
کیٛنٛژَن پیٛتھِ گیہ ہالو کھٕتھ

---

وٕتھ: جہلم دٔری باو، وٕتستا     راٗسی: خوشُک دکٕنہٕ چھہ" رچایہ،، لِکھان،

(۲۴۳)

پۆز دَپُن چھےٚ نارٕ ہ دژاوسون ئن

نوُزٕ ہ اَری نہٕ گاش زن پرٛیمے

اَپز دَپُن چھےٚ بوُت اَسُن زَن

یُیٛ نہٕ پھل وۆوتَن کیاہ بوٚ یمے

کوُت اَسُن : بے مقصد اَسُن

پرٛیمے : پرٛیمہٕ نِشہِ

(۲۴۴)

وہ گنز پچیوس داوںی

مسنہاہ کوسم وہ سنہٕ شأونی

ہنگھ زن زٕ جنم کاونی

مہ نہٕ نفع ژھٕ نہٕ ہارنی

یم کھوری گرٕ ھی راونی

پوہ ہس کمٔ دۆپنےٚ شأونی

۲۷۵

آرٕ بَلَن مٔنز ناگا رووُکھ
سادا رووُکھ ژورن مٔنز
مُڈٕ گرن مٔنز گورا رووُکھ
رازٕ ہوٗنز رووُکھ کاون مٔنز

(۲۴۶)

کاوِ کھبہٕ گوج نہٕ کان ستیتس

بے پوٗتس مرُن پیو کندے

براٚرسنٕز لور پیٚیو کو کرہ پوٗرِتس

اُتنز بلایہٕ ژُھنس و بندے

---

بے پوٗت : بے زبان

(۲۸۷)

دینس دنت، دانَس خہ پہ
کیا کرہ لزلس ان دھٹانٹھ
سوارس نہ دارس، ہَرسِ دوہ تر
پاٗزٕ آسہِ بندٕ تہٕ آزاد گانٹھ

---

شرٕ و کیکٕ مفہوم چُھ فکرِ ترٲن، مگر لفظِ چھینہٕ پُورٕ پاٹھی سمجھ یوان۔

(۲۴۸)

ہاہہ اِکہ سنگر، ناززن وَزن

گمُبز وَزن، ٲزوٕ زٕ گتھ

سوٚ زوٗن، اِشارِہ سیتِن بوزَن

کوٚ زوٗن، بوزَن نہٕ ڈُم ڈمہٕ گتھ

---

سوٚ زوٗن : نیک بخت      کوٚ زوٗن : بد بخت

# نمونہ

# سنسکرتی وپنڈتی کلام

## سنسکرتی

کنٛدا بود اگنن زانو — ہیٛدا ییدن دہ نوٚہی
چھرت ان جبندہ زن وانو — سادہ پزی سہزاکری
لوٚئی چھتر سادہ نیرا قندہی — الش کل پیڑ دت ماوی ہی
نیل تہ پیتر نیلہ رف تہ مانوی بدہی — سادہ پزی سہزاکری
کوش پوش نیلہ دف پاکجی — بس لسن نہی مُب کوہ کت یی
سبب مہ نوری نیا پچی — سادہ پزی سہزاکری
دواہ شانت مندل بو کموانی — نزی ہنوان ماخن سرادی
نیک ہموری یم وسند مارنی — ییدی یخو کلہ چھنتی
یہ بخ لوم زانی ومانہ — سادہ پزی سہزاکری
پوترا شی شہ سکلی پتہی — شیکہ چشہ تا شیکہ وی
بای کلہ گلن شاہی — سادہ پزی سہزاکری
ان نہہ کلپی چیتن بیی — پرہ پرکاشے ترپہ دن پشی
نت پہ کاش ان نہہ ولسی — سادہ پزی سہزاکری

# پنڈتنی

سد مُورن وزن سر مارن چھنہ کم کران مُل اکھ ہار
کاکری کرماسو آفتچ سارن انن چھی دورلب سھز وژار
نزہ پنس پور وزنت کھکی تھکی برانت چھیت آدار
خلوت دل مہ دت بر ماوکھی انن چھی دورلب سھز وژار
ریچیک پورک گنگ تراشک وگہ رگن چن دشمو وار
گلنا واری خمی خم پاشک انن چھی دورلب سھز وژار
اکوی برہماند پور پرزنی سلہ زانت رانی تار
برہما لدسلک بو داتانی انن چھی دورلب سھز وژار
نوی شنگہ پال کوہ درئی انن ہت رونہ دریُر مُودار
ادہ کت ھنپت بیماری انن چھی دورلب سھز وژار
ان ہت لشیو بکھی جھکی د ہم ادار
باراہ لگ یودِ بکھی انن چھی دورلب سھز وژار
کنز کرمن کوہ دل خارن ماہی پیچ اگن دف مارن
رُو ہت پاپ کرن پرمارن انن چھی دورلب سھز وژار

## نمونہٕ

# صدوسی مسٔلہ

## آفتاب چہ ژھایہ موجب پیشین نمازہ ہنٛد وقت

میٖن بایہ پیشین وقتچہ ژھایہ
شراوُنس ڈٕوڈٕ نہ بأد رتہ ڈایہ

آشِش ساڑہ ترٛیہ کف کھوٚریایہ
کارتِکہِ ساڑہ ژور پیٖرد یوٚ ہایہ

منجہور ساڑہ شیہ کف کھوٚرسایہ
پوہہ رِنہ ساڑہ اَٹھ گنٛزرِنہٕ آیہ

سارہ دارماگس ساڑہ دہ پایہ
پھاگنس ساڑہ اَٹھ لوٚتان آیہ

ژِتھرس ساڑہ شیہ پیٖرۍ لکھہِ آیہ
ساڑہ ژور وہکس مۄ ژان آیہ

زیٹھس ساڑہ ترٛیہ مأرنتہ ڈایہ
بارسول چیوٚنے چھُ مۄ کلن پایہ

## وضو کرنُک طریقہ

بُتھ یٔژہ مَسنہ بیٹھ مُنٛڈ تہ چھلنس گٔمنہ بشرہ تامت وانکہ منٛزِ سنتی

کھوٚنہ وَڈٕ سانی زٕنیٚ ہٕنٛز سٮ۪تی ۔ نَزٕ نزٕ نہ کھوٚرزٕ شوٗزشوٗبہ کرِس
ژورمہِ حصّہٕ وٚہ ڈٕ نہٕ کارٕ ہنٛز سٮ۪تی ۔ مَلہِ دانٕ مسحا کرِہ بَس

کَن طہرت کین سۄ نَن تھاو ۔ اَتھٕ چھَل نہ مسواک لٔبہٕ سُندٕ ناو
کوٚلہِ کرٕتھ کری تھی نَستہٕ پۄ ذ زٕان ۔ اِستنجہ نرٕ نیٚبہِ پھرِ چھَل ترٕنٛہِ تان
اَتھہِ سیتی خلالہٕ کھوٚرہِ اَنگجن ۔ مسحا کن نی داریٚہ ہَن ہَن !

نمازہ ڈالہٕ وُنی کیٚہہ چیز

بمہ بمہِ کرٕ تو، کرٕ بہ گرٕتھ لرٕنے ۔ نَم چیز ہمالہِ نو چھتہ دا ہ
ییٚچھہ تتھہ کرٕ بہ مٕنٛز کلامہ کرٕنے ۔ وُشکہِ ٹھلِی سی سُمب نگلن کیٚثرہا
کرٕ بہ مٕنٛز ودن تہ آہ واہ کرٕنے ۔ نتہ کھوٚورتہ ذُ چھنے وُچھوٗنا
کرٕ کندتھ تہ نتہ کاڈ کرٕنے ۔ نتہ گلہٕ بری چھٕ ژھنن اَسنا

## نموُنہ

# سوال وجواب

(بیُس سانہِ خیالہٕ کمیٚ تام لُوکہٕ شاعرن وۄنمُت چھُہ)

اُستادِ شیخ:

"بخشندہ بکشا دلِ بندہ پرٕ با
کل برنہٕ رَبہٕ سُند ناوس را

جوابِ شیخ:

اوّل الف گو کُنُے چھُہ اللہ
اَولہٕ پتہٕ آخر زوال نہٕ تَس
بَ گو محمّدؐ رسول اللہ
قیامتھ شفاعت کرِہ اُمتَس

اُستادِ شیخ:

نُندہ مَنہٕ الفہٕ نشہٕ بَ نوُن داو
تَ پئرٕتھ تٕ پرٕ تراو بحرٕ
آندہ وَندتامت اَچھرِی ہاوِے
یِہ کنۍ سبق وونہٕ کرِہ گرٕ

جوابِ شیخ:

تَ گو توکُّل دوہن منز کرِہ نُے
رورِزہ سُہ گُنُے تمہِ نوز فان
درُودِہ محمدؐ صابس پرِہ نُے
کلمس تہندِس اوُّنم ایمان

سدرہ مأج:

نُندِہ گوہ بہ چھی گگرنہ بچھی
نُندِہ سہ نہ شال مو ہیزے
نُندِہ دراہم ازنِلہ وَچھے
نُندِہ زہ وِہ نہ زَچہ مو کھیٔنے

جوابِ شیخ:

مأج گوہ بہ ئہ وبندے ہنڈِہ لرِی
جندِہ بہ وبندے پأٹی کاے
گگرن رانِزہ شونگن بہ گرندے
ساری عمرِ بہ وبندے گرِہ ڈاے

سدرہ ماج:

نُندہ کأما دَپے نَنہٕ
نُنٕہ اند چھم گیلان کرٕوُنے
نُندہ دَپتو کیا گوے کینہٕ
نُندہ گوٚہ پُن ترٕوُت میوٗنُے

جواب شیخ:

ماج بہٕ نے گرٕہ چوٚن سِیرے
میٚہ بِن خدآے پی ھُوو لوٗنُے
ماج ہٕ نے نھاچہ بَنہٕ کھیمے
میٚہ بِن نہ کھینہٕ من صاف پوٗنُے

سدرہ ماج:

نُنہٕ ہُکرٕ رُود ہم وُٹھِتھ
لوٗر وُلِتھ ما وتم پان
گرٕہ گوہ پھٕہ بَل آہم لتہٕ لِتھ
دَپتہ رُوشتھ رُود ہم گوٚہ ؟

جوابِ شیخ:

مأج مَنٛنے دِنَم آزار
نُنٛدہ ہے اند مزار گوٕ ہ
مأج دُنیا تاوَنُ بازار
بہٕ تن گیُتِ روٗدُس توٕہ

سدرہ مأج:

نُنٛدہ یہ کمیٚ دِتُے برٛم تہٕ
تن کٔڑ ہتھم گو پھہٕ بَل گُنُے
کوٕہ کھبن چِکِن تر ؤوٗتھ اَن تہٕ
دَپنہٕ رُوشِتھ رُود ہم کوٕہ؟

جوابِ شیخ:

مأج دَر گھہ دِیُتہم نِدا
سہٕ نِدا مبہٕ بِن ووٗتُ
مأج ژٕہ ہے بہٕ مبون مُدا
بہٕ تن گیُتِ رُوٗدُس توٕہ

نَے دید:

شیخوژہ میأنی بوز توزآری
نزأوِتھ سأری اَنگے
گوٗہ مٔژھی آدِنج بأری
دَ پتہٕ کھینہ بتہٕ پہ کس منگے

جواب شیخ:

نَے لَے کَر ژہٕ آخرتَس
پرمتس کیاہ منگہٕ نے
تَتھی جاے کر پننِس بتس
تَن ہوٗ ہت رُودُس توٗہ

رنَے دید:

رُود ہم گوٗ پھہ، کیاہ میون کُسُن
آسمانس کھسُن مبہ پیوٗ
گرہ شوٗب رنگہ پنُن اُسُن
دَ پتہٕ روشنھ رُود ہم گوٗہ؟

جواب شیخ:

بگہ سمن یار سوزکھ
تَل ترلَس روزہ کن یوٚہ
بدٲے تھٔنز قیامژ بوزکھ
نن ہوٗہن رُودُس توٚہ

زٔے دید:

ولسہٕ میانہٕ چھہ کھوان نہٕ چیوان
دارِہ بٔرِی وُچھان گرٕہ وٲکی آے
بٔہ چھس نکرن نہٕ حاٰرتن ہیوان
دٔنینہٕ رُوشِتھ رُودہم کوٚہ؟

جواب شیخ:

ولسہٕ چیانہ چھہ واندرن ہٕنزرے
ولسہٕ چیانہٕ یس منزرے چھے
نم شوٗبنے قیامژ رٕہ نزرے
نن ہوٗ ہن رُودُس توٚہ

# ریشہ نامہٕ

## کینٛہہ مشہور ریشہٕ تہٕ تہنٛز زیارت

| | | | |
|---|---|---|---|
| لل دیدٕ | ماتینہ سپنز | بابا دریا دین | بھاگ |
| رُمہ ریٚوش | راموہ | بابا سنگ ریٚوش | 〃 |
| شیباں ریوش | | بابا حنیف دین | کوہ دارِش |
| لدرمن ریوش | آری راے | لُستی ریٚوش | 〃 |
| انگور ریشی | | شکُور دین | شنگہ پال |
| خلاصمن | بجہ بہیٚرہ | ریگ ریٚوش | کوہ شیرکوٹ |
| پلاسمن | 〃 | رُوپی ریٚوش | 〃 |
| یاسمن | | رتی ریوش | منگنی پورہ |
| نوروز ریٚوش | بجہ بہیٚرہ | شنگہ بی بی | بوٹھو |
| سوزن ریوش | اکہال | بنک ریٚوش | 〃 |
| لتی ریوش | | بُونی ماجی | |
| زوگی ریوش | ژار | بابا لدمل | مہندکن پورہ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| لنگر ریل | ہندون پورہ | شیخ شریف اشوار | چھنر گام |
| گنگہ بی بی | " | لدّی گنائے | زندہ پال |
| مہدی ریٚوش | ریشی پور | خواجہ بابا | بدرہ کوٹ |
| مبارک ریٚوش | عیش مقام | لدی کٹور | پچھہ ہامہ |
| داؤد ریٚوش | " | نوروز ریٚوش | پور |
| کندل ریٚوش | " | جنید ریٚوش | |
| فقیر ریٚوش | " | بہرام ریٚوش | |
| ہاکہ ریٚوش | " | بابا نجم دین | |
| افضل ریٚوش | " | بابا عبد الجبار | دانگر پُور |
| پنی ریٚوش | " | لولہ حاجی | زالرُ |
| حقی ریٚوش | " | بابا جوہر دین | ژار |
| رحہ پہ ریٚوش | " | ریشُور ریٚوش | ریشی پور |
| ڈُرہ ریٚوش | " | بابا رکن دین | چکو |
| بابا ریٚوش | " | کنگی ریٚوش | ژار |
| ریکو ریٚوش | " | وسہہ ریٚوش | " |
| اتر ریٚوش | | ہردی ریٚوش | اننت ناگ |
| شیخ پیر باز | | روپی ریٚوش | جبہ کدل |

| | | | |
|---|---|---|---|
| کنگی ریوش | وانی گام | بابا غلام دین | برین |
| دولت ریوش | | بابا تاج دین | ڈُونزہ مہل |
| اہلہ ریوش | یچہ بور | لچھم ریوش (۱) | ژادر |
| سہہ ریوش | داراسید پور | لچھم ریوش (۲) | نہجوور |
| بنگہ ریوش | پیا پنور | بابا صدر دین | سابن |
| شوکہ ریوش | سملر | بابا بدر دین | ״ |
| شنکر ریوش | یچہ بور | دتی ریوش | ״ |
| سُورن ریشی | | سوزن ریوش | ینگرواری |
| سالار دین | کیموہ | نانک ریوش | |
| سدرہ ماجی | ״ | سُودہ ریوش | کھُل دیوزآباد |
| نورالدین ریشی | ژادر | گلاب ریوش | ״ |
| رنے دیدی | کیموہ | بابا قطب الدین | ژادر |
| بابا بام دین | بمہ زو | ردہ یہ ریوش | پرگنہ اُنز |
| رین دین ریشی | عیش مقام | ریشہ بابہ | پارہبنو |
| بابا لطیف دین | پُشکر | سیدی شیر کنٹھ | |
| بابا نصر دین | ژادر | سنگرام ڈار | ژادر |
| بابا نظام دین | منزگوم | شامہ بی بی | پُشکر |

| 1 | 2 | 3 | 4 |
|---|---|---|---|
| شنگہ بی بی | ژار | میری ریوش | تاری گوم |
| دُہت بی بی | مقام ژانہ دید | شوکہ ریوش | اُمہ زُو |
| بہت بی بی | 〃 | کھنی ریوش | 〃 |
| دتی بی بی | نوشہرہ | رنن ریوش | 〃 |
| سلا بی بی (۱) | ژار | سنت ریوش | 〃 |
| سلا بی بی (۲) | 〃 | دنن ریوش | 〃 |
| بابا رجب دین | ناگہ نارن | بابا حنیف دین | اکہال |
| بابا شکور دین | کوہ پھاگ | بابا پیام دین | رنبوہ |
| بابا فخر دین | 〃 | فتنہ ریوش | پچھو |
| نوروز ریوش | ناگہ نارن | لدی ریوش | اندرہ وَن |
| بابا صبور | مالس | سلیمان ریوش | 〃 |
| میر حسین | 〃 | نیکی ریوش | |
| بابا نندہ ریوش | ناگہ نارن | احمد ریوش | |
| بابا حاجی | 〃 | بدر دین ریوش | دیالہ گام بالا |
| ہردی ریشی | 〃 | لُدہ ریوش | لُورہ گام |
| بابا شمس دین | تاری گوم | تنگہ ریوش | اننت ناگ |
| آدر ریوش | 〃 | زونی ریشی | 〃 |

| | | | |
|---|---|---|---|
| زینتی ریشی | اننت ناگ | دتی ریوش | آڈرہ |
| نبی ریشی | ″ | نتہ ریوش | نتہ ہگام |
| الہ داد ریٚوش | بجہ بہور | سونتہٕ ریوش | پاندہ چھوک |
| داوود نبہ مالو | پُل وڈیارن | لالہ ریٚوش | ذکرُ |
| نجم دین ریشی | کوہنی پورہ | گدا لالہ بابہ | زاہد پور |
| روپہ ریٚوش | پچھہ مولہ | جندہ لالہ بابہ | ″ |
| مہدی ریٚوش | کاکا پور | حاجہ بابا | اگرو |
| شیخ علی ریٚوش | کویل | بابا رحیب | دیال گام |
| محسن ریٚوش | ہاری پور | | |
| لالہ ریٚوش | بچہ بل | | |
| ہلمت ریٚوش | ہمہ ہامہ | | |

# ضمیمۂ نورنامہٕ

(کیٛنہہ مزید شعر وِکی یم کتابت مکمّل سپدنَس تام میٛیہٕ پرٛنہِ ہیکی)

(۲۴۹)

دۄل دۄدے، بُسرٕ تاوَے

"کھوٚت نو" دوہا چیاہٕ گرٛینٛدی

ریہِتھ گرٛھک پوٗشنِہ واوَے

گُلہٕ نیٛترو، کُل راوی تہٕ کنٛدی

---

کھوٚت نو: یہ چھُہ میون لفظ۔ لسُنہٕ منٛز چھُہ "ای رگ"، لکھت۔ خبر تہٕ کیاگو
پوٗشنِہ دوہ: پونٛہہ واوِہ

(۲۵۰)

رَزِہ ژٕ گرنے بُتل مِینتھ
وُگرے کرٛایت، زِبوٗنتھ کیاٛت،
گاسِل لوزن اَنتھ ژٕ زیٖنتھ
بٔلی کس کیٛتھ، دَچھنہٕ ژٕبوٗنتھ کیاٛت

(۲۵۱)

آباے پوٛت ژٕ گرٛھو کوٛتو
زونُم ژٕ منثرہ ما دٕووٛت پیٛی
نَس کیاکرو اَسی للہ پوٛتو
پکان پکان ، پکان گیٛی

---

تبُل : [illegible] لوزن : ؟
للہ پوٛت کرُن : پے ینہٕ لگاوُن پکان : [illegible]

(۲۵۲)

بَبرِہ لنگس مُشک نو مورے

ہُونی لَبتہٖ کو فُوریزِہ نہٖ زات

من بوہ دِہ گار ہَین اَدِہ نو سورے

نَیتہٖ شالہِ ڈُنگے بیری کبّات

(۲۵۳)

یارَس یار زُتھ زُہم نو مُشے

یا مَتھ امر ہتہٖ کریش چھاوس

پأز موگے زہم والہِ وَشے

یام نہٖ اگا زاج ہا وس

---

مورے : موکلہ    من بوہ دہ : مَہنہ تہٖ عقلہ
کریش چھاوس : لفظ ہیکہ "تریش چھاوس" تہٖ آستھ    اگا زاج : ؟

(۲۵۴)

پنٛژ مہو ریشیو دوہ دِن رٕچھی
نُن وُرِکھ کھٔنی راتھ
کیٚہٹ ریشی، سَرٕچھ تہٕ پچھی
نَصر بابہٕ تتہٕ کھوتہٕ انٛزکیاتھ

(۲۵۵)

بنگہٕ کانس انٛز مینٛٹھی
وِرہٕ کانس پھل نوبہٕ یی
گورِہ کانس انٛز ٹیٚنٛٹھی
وٕنہٕ کانس آندہ ویی

---

نُن: ؟ کھُٔنی: ژادر رٕچھی: کینٛہہ چھیہٕ "زلی" لیکھان
انٛز: آندہ: اتھ چھیہٕ زہٕ معنے گنٛڈ نہٕ لوٚب لوٚب پکن

(۲۵۶)

آرُت سبٲری تہٕ سنگٲری لنگی
آرُت وِیرہ منگی ٹنگ
آرُت دَچھ تہٕ ڈُونہٕ ڈنگی
آرُت ہُوشِ منگی ہینگ

(۲۵۷)

کلکی اَپ، نوٗرگس ڈیٖشِتھ نوٗشان
سان نہ ہند کرپوشن واو
سہ زَنِ بتہ پھلی کُنہ نوپوشان
کوٚ زَنَ بٲری بٲری ماز لیہ لاو
پٲز مبہ ڈیوٗشِتھ کُنَن کشان
رازہٕ ہونٛزس وُچھم پٔرنان کاو

---

آرُت: بے عمل  سبٲری: ؟  ڈنگی: اَتھہ چھلہ
سان: [illegible]

